# قُرأت



مصنّفہ
جنابِ تنہا انصاری
(مرحوم)



مرتّبہ:-
نشاط انصاری

یہ کتاب سپیز ریاستی کلچرل اکادمی
ہنٛدِ مٲلی اِمدادٕ سٟتۍ چھاپ،
یمہِ خاطرٕ بُہٕ اَمہِ ادارُک سٹھاہ شکر گذار چھُس

نشاط انصاری

# سرنامہ

یتھ دُنِیہس منٛز چھِ لکھ یوان تہٕ گڑھان، زٕ یوان تہٕ مران، یہٕ اَتہٕ گتھ رودِتھ جاری۔ اما خود دار، مخلص بے ریا تہٕ پزٕ زبٲری انسان چھہ موٗللین موختہٕ دانہٕ ہنٛدی پأٹھی خال خالے لبنہٕ یوان۔ یِمن نِشہٕ ہوٚین منوشن ہنٛدہ ملاقاتہٕ سٟتی چھہ اسہٕ لکُن ہنٛزن تٟجبن تہٕ نفرٕژن ہنٛز پتہٕ مران۔ زندگی ہنٛد بور وٕترٲوُن چھہ سہل بنان۔

دپان اکہٕ یونانی فلسفہٕ مطأبق چھہ دیوتا تام یِمَن ہوٚین رٕتین منوشن سٟتی لول بران تہٕ مارے موہ جبٕنٕ ورتاوان، اوَے موکھہ چھُہ یِم ہیٚمہٕ ریا کار دُنِیہہ منٛزہ جل جل نیٚرتھ گڑھان۔ زنتہٕ ع لوہ ہوٚنٛ شبنم صبحچہ ویرہٕ امہٕ نوٗرک خیالیچ وہ ژھٕنٹے چھہ سأنی جوان سال أدیب تہٕ شاعر رشید نازکی لوٗزک صاحبن یِنِس یِتھ ٹکُھس منٛز جان پأٹھی کٔرکٔرتھ۔

صبح پھیوٚل بُلبلن ووٚن باغوٲنس
غمکی سوٚس چھہ قسمٕتھ یِتھہ جہأنس
سراں آو تتھ سکندر یِتھ مرٕزی کونٛڈ
جوان مرگی چھہ پوشس نوحہ خوأنس

پزٕ چھُہ ای نہ یِیمہٕ کأٔنا تِکہٕ یِرتھ کُنہٕ چیٖزُک موٗل چھُہ مشخص کرنہٕ یوان، یوٚد وَے کُنہٕ چیزک موٗل ہیٚکہٕ نہٕ سپدتھ تہٕ سُہ گوٚ سُے خود دار، مخلص پزٕنٛ ورتاوَن وول تہٕ بے ریا مُرٕ ثقیل مدٕنوار یِیٚمہٕ زندگی ہنٛزَن رٕژن تہٕ بھرٕ یِن قدرن پوٚچھر دِتہٕ خاطرہ پننہِ زندگی آیہٕ ژنٛ

آسہ ھنٛوٚمژ نہٕ یہ یا امہٕ قسمک فلسفہٕ آسین ہنٛزٕ مقصدِ حیات ہنٛوٚمت
جناب تنہا انصاری مرحوم و مغفور ین ستی میٚہ بوٚئے آسنک اکھ
اَژھیوٚن نہٕ خونی رِشتہٕ چھُ نہٕ آسہ امے قسمچ لوٚ بہٕ وِژ نہٕ شوٚبہٕ دِنیٚ
اکھ بیداغ شخصیتھ۔

ایخلاقی قدرن ہنٛد وٕتھ وأنجہ احترام کرُن تہٕ تمن نالہٕ منہٕ رٹھِ
لوٚ لہٕ منہٕ لائے کرٕنی اوس تہنزِ رنگا ٹیٚنز زندگی ہنٛد اکھ بوٚڈ بارٕ مقصد۔
تم آسی وزٕ وزٕ اکھ کتھہٕ ہیٚتھ زوردِوان تہٕ گرٕ گرٕ و نان زہ
یوٚدوے کأنسہٕ اکس امہٕ قسمچ دولتھ دس یاب سپدِ دُنیٚہچہ
سارے نعمژ نہٕ دولژ سپدَن پانٕی پانے تس حاصل۔ چنانچہ تہنٛد
پہ کینژھا کارنامہٕ نثرِ تہٕ نظمہٕ رُنگی تنو ییتھ کُن ترٛاوا تتھ ہیٚتھ چھہ
اَمی فلسفچ شُنیٚ چھاپ۔

تنہا انصاری صأبنہٕ علمی تہٕ ایخلاقی سوٚدرِکہٕ ہَنزِ سام ہینہٕ
خأطرِ چھہ یہ کتھ ضروٚری زہ تہنٛدس لوکچارس تہٕ جوانی ہنٛدس ماحولس
پیٚٹھ تراوو أسی اکھ سرسری نظر تہٕ تمن کنھن ہنز وڑھنے کرو، ییمو یہ شمع
ژالی شولہٕ لوو تہٕ نورس اینار کرنوو۔

تنہا صأبن آس اکس صاف تہٕ شوٚدس ایخلاقی تہٕ مذہبی ماحولس
منز تربیت حاصل کرمژ تہٕ امہٕ قسمکی ماحولن اوس انٛدرِ پیٚٹھے
تہنٛدِس مزاجس تہٕ طبیعتس منز ایخلاقی قدرن ہنٛز خوددار لول بزنک
احساس پأدٕ کورمُت۔ تہنٛدیہ ماحول اوس ادبی تہٕ علمی تہٕ ایمہٕ کہ فیضا نہٕ

سینے مِن اندر لو کچارہ پانہ پیٹھے دُنی ہیہ کیو تماشونش بدُون نہ تِنھاروِ نھادبی نہ
علمی سرمایس ئے یوہ مارکرنگ شوق، شارہیمی نہ شار گوئی ہُندا کھ باعبیدہ رجحان
گِنہو مُت اوس۔ یہ وِیرِٹھے روز مِن اندر تو تام برابر موجود۔ تو تام رحمت حق نہ سپدی۔

کتابن ہُندہ مطالعک شوق اوس مِن یو تاہ زِہ تم آسی باضے راتی ران
وُنیدُر کرِتھ کتابہ پران۔ بیہ آسی ترِتھ دوہہ دورہ بجہ پتہ دیلنہ پیٹھہ ورِل
گرِھان نہ تِتہ شیخ محمد اکبر اینڈ سنز (سابق ممبر پارلیمنٹ) کتب فروش
سندس وانس پیٹھ کانِتھ وادن بہان نہ کتابہ پران۔ یہ اوس تِنھا سنزہ
زندگی ہُندسہ دورہ اندر تمو بنِس علمی نہ ادبی ہسیداس پوچھ دِنہ خاطرہ
سیٹھاہ ریاضت کرِ۔ یہ سلسلہ وانہ نو و تمو ۱۹۵۴ ہس تام اندنہ پوش
آیہ تم ۱۹۵۵ ہس اندر گورنمنٹ ہائی سکول بیرونہ تمہ پتہ ٹیچرز
ٹرینگ سکول سوپور کہ ہیڈ ماسٹر بناونہ۔ نہ مرِنس تام رُودیہ شمع اِتھی
فانوسس اندر شولان، حالانکہ ۱۹۶۴ ہس منز آیہ مِن بیہ نہ ترقی دِنہ۔
مگر صحت خراب آسنہ کنی ہیکی نہ تم یہ ترقی قبول کرِتھ۔

ریاستک بہترین نہ کامیاب وِوہ شاد آسنہ سببہ آو مِن ۱۹۶۰ ہس منز
مرکزی وزارت تالیمہ کہ طرفہ نیشنل اوارڈ دِنہ یتھ اندر نقد پیسامہ نہ
قابلیچ سارٹیفکیٹ شامل اوس۔

شاروشاعری سنی اوسکھ لوکچارہ پانہ پیٹھے سیٹھاہ شوق۔ مگر
آسی اوردو زبانی منز یوت لیکھان کران۔ یُس پتہ کیو مقامی رسالو نہ

اخبارو علاوہ ہندوستان کین علمی تہ ادبی رسالن تہ اخبارن منز ورزہ ورزہ چھپان تہ اوس تہ یمن منز لاہورک "سدابہار" راول وپنجہ ہندی زہ اخبار "صداقت" تہ "صادق" پرونتر ٹھک المجاہد" تہ دلہ ہند "کہکشان" قابل ذکر چھ - مگر یلہ کشیرہ اندر ۱۹۴۷ء پتہ "کونگ پوش" تہ "گلریز" رسالہ چھپنہ لگی تہ یمن منز پتہ کین سخنورن ہند اردو کلامہ عام پاٹھی تہ کاشر خاص پاٹھی چھاپ اوس سپدان، تنہا صاب تہ لگی کاشرہ شاعری کن توجہ دِنہ - حالانکہ لہ کچارس منز اوس تمو کاشرہ زبانی اندر غار شعوری طور واریاہ کینہہ لیوکھمُت تہ تمہ دورک کلامہ اوس نہ تمو کُنہ تہ درج کرتھ تھوومُت، شاید اوہ موکھ زہ پننہ اتھ مادری زبانی عس تہ پتہ سُہ لوہ لہٕہ لائے یوان کرنہ یوسہ یمن زبانن کرنہ آس یوان - میہ چھ ہندہ مہ دورک اکھ شار وُنہ تہ ژہ بنس یُس میہ پننس لہ کچارس منز تہتری ژیوہ یوزمُت چھُ ؎

کسُو زیو لوگ کھو ہلنے بندکو رنس جانے گلنے

یہ ہن تہ چھے میہ ژہ بتس زہ تم آسی کہ کچارس منز کاشری پاٹھی بانتھ بیترہ لیکھان تہ مقامی کیون والین کیوبنہ خاطرہ دِوان تہ - بس گوہ ڈینگ کاشر غزل نموسنہ ۱۹۵۳ء اندر سنجیدگی سان تہ شعوری طور وُنن تموک مطلع چھُ یہ ؎

میہ چھا انکار عشقس گرتھ گریبان تار تار آسُن
مگر حُسنس تہ پزہ ہے قول لوکک پائیدار آسُن

اَمہِ وقتہٕ پیٹھ سنہ ۱۹۶۹ ہس تام یہٕ کینٛژھا لیٖکھمُت، سُہ چھُ تتھ سوٗمبرن چھپیٚتھ کتابہِ منٛز یُس ترٚوہَن (۱۳) غزلن، داہن نظمن، اَٹھن (۸) نعت شریفن، اَکِس منقبتس، تہٕ زٕنو وُہن (۱۲۲) ٹُکن تہٕ اَکِس طویل شہر آشوبس پیٹھ مشتمل چھُ۔

تنہٕ صابنہِ اَمہِ دوٚنچ شاعری چھےٚ زندگی ہندٮ۪ن دوہہ دِشن کیٚن بدلوونیٚن حالاتن ہنٛز عکاسی کران تہٕ یہٕ کینٛژھاہ تمہِ بینٛس اَندی پکِس اندر محسوس چھےٚ کران، سُہ چھےٚ تمہٕ نار ہنٛزِ شکلہِ منٛز عوامس بروٚنٛہہ کنہٕ پیش کران۔ صحی تہٕ پزِ زندگی ہنٛز دیٚژھ نےٚ کرٕتھ چھےٚ تنہٕ پرٕیتھ کانٛسہ انسانس بینٛدس وچھس منٛز احساسہ بوٚرُت دِل ڈُبرائے کران آسہِ۔ یمہِ طریقہٕ زندہ روزنچ ژٕیٚنہ وِنی دوان۔

غم بنٛوٚ ترٚ اوتھ بیٚتھن ہُند زہر غم کھیوٚن زندگی!
عازِہ سیٚ رُتسپدہِ یینہٕ نےٚ خوٗنِ دِل چیوٚن زندگی
زندگی چھےٚ دردِ سر بیٚتھ ظُلم کاسُن آدمس
دردِ سرٕ اَنٛز راوِہ نےٚ کیٚنہٕ یتھٕ چھُ سر دیُن زندگی

یانےٚ انسانہٕ سٕنٛدِ بیٚین ہندِ دوہکہ دادِ تِش بدٕون تہٕ دوٗرِ روزتھ تمنا سٕتہٕ وُچھُن تہٕ ہُند غم پنُن غم محسوس نہ کرُن چھےٚ نہٕ انسانی ییٚتھ۔ پزٕگوٚ ای زِ انسان سٕنٛز زندگی گژھہ بیٚین ہندِ خاطرٕ اکھ گاشہ منار آسنۍ ادہ ہیکہِ زندگی پزٕ تہٕ صحی زندگی بنتھ۔

تنہٕ اوس کردار چہ لیوٚ خستگی ہُند اندہ پیٹھے قایِل تہٕ یس کردار لکُن تِش بیٚنُن دوٚل بجا اوتھ تھاوُن اوس تہنٛزِ زندگی ہُند اکھ بوٚڈ بارٕ اوٚ صوٗل۔ توےٚ چھُ تمُ پسِ کردار گُن تِش سیٹھاہ دوٗرِ روزتھ تمہٕ انفرادیت یمہِ طریقہٕ ہنٛز کران۔

پست گو کردار تھ قومس چھُ تتھ بہتر مرُن ۔۔۔ وعظ تتھ قومس برُن گو آبِ رن پرِنن برُن

زندگی بانو گزارِنی پست کردارن اندر ۔۔۔ گو یقینن زندگی ہِندِ آبرو رسوا کرُن

بمہ دورہ کس اکچھان فراموش انسانہ ہنز صحی تصویر چھُ تمہٗ بمہِ طریقہ

پیش کران، ییُس بے اصول انسانن ہِندِ خاطرہ عبرتُک اکھ تازیانہ چھُ ۔

وُچھم بسُ زٹ، ہیم بسَ برٕ ونتھ کنُ میٹ ۔۔۔ ہیٚژم تمی دس بدستی آپرٕنی ہیٚٹ

میبہ سُے تمہٗ اچھن اژ تیرہ تاران ۔۔۔ بُند غم کھیتھ دوہ ہیے پالِس کرُم ہٹ

یم لکُھ ینھ دُنی بہس منز "زانہ نہ کس" گمانس منز ہینہ چھہ

آمتی مگر ژرکہ چھینہٕ کینہ تہٕ زانان، تہٕندہ بتھو پیٹھ نقاب تھوو د ژلتھ

تہٕنز اصل تصویر ہاوُنی چھُ تمہٗ آسُند اصُول ۔

وُچھم لکُھ آنہ رٕ ژھی انسان وُچھم کم ۔۔۔ ینہ ژھو کھ زانہ نکُ زانان وُچھم کم

ینُن رٕکھ دِتھ میٚنہ کم کم پھانپھلا وم ۔۔۔ ینہ کینژہا تہٕ بنس روزان وُچھم کم

۱۹۴۷ ہینہ بُس بتہ "ہنز گرز نج تہ آگرہ ہو کھ نج" تہ ایژ

بارسس انج رو ژوا پارٕی پچھ ۔ ہمیُج پورہ عکاسی چھ تمہٗ بمہِ کتابہ

ہندِس آخری نظم شہرآشوب منز اکہِ نوہ طریقہ کران تہ ینہ دِلکُ

غبار کڈتھ بڈہ ہیٚنہ ونان :۔

دوراہ چھُ پرُ آشوب ۔۔۔ بدُین چھ لوگمتُ بد ۔۔۔ وفاہ چھُ آمُت بد

پزرس چھ دِوان ڈکھ ۔۔۔ اپزس چھُ اپزُک دکھ ۔۔۔ پزرس چھ پیوان چوب

اپزس چھُ اپز پیر ۔۔۔ پزرس چھ کران لار ۔۔۔ اپزس اپز ویوہ مار

پزرس چھ تاران عاری ۔۔۔ اپزس چھ اپز راضی ۔۔۔ پزرس چھُ کران گیر

اپزس چھُ اپزُ یار پزرس کران مسمار

یمن اوس زندگی ہُندِ آخری دوہن منز عشقِ رسولؐ تہ
اہلِ بیتن ہُند موحبت یتھ حدس تام سینس منز زہ اگر یمن زندگی
بییہ تہ کینژس کالس وفاکرِہ ہے۔ نم کرہ ہن نعتیہ ادبہ کس
سرمایس منز وار یاہ کینہ ہُر ہہ۔ جناب حضورنؐ ہندہ سکل و
شمائلک چھہ تم اکھ نوہ انمانہ تذکرہ کران۔ یتھ کیت اکھ بند یتھ پاٹھی چھُہ

| | |
|---|---|
| "والشمس" چونے اکھ نماہ | "واللیل" گیسو یکُ رُماہ |
| گبہ منبرہ تژہ نورُک عالماہ | انوارہ چاینک مُشتری |

کشف الدجیٰ بجمالہٖ

تہندہ عالم وجودس منز اِنک تاریخ اوس ۲۳ فروری سنہ ۱۹۱۴ء
تہ رحمتِ حق سپدنک تاریخ ۴۔ فروری سنہ ۱۹۶۹ء – کریری سید
عبدالجبار خاموش صاًبن چھہ یتھ فارسی بندس منز تہند مادۂ تاریخ کوڈمُت۔

| | |
|---|---|
| آہ ننھا حسین علی بگذشت | در جوارِ "حسن" قرار نمود |
| شانزدہم بماہ ذیقعدہ | جز وِداو شد بکل ز لطفِ ودود |
| سال نقلش کہ ناظمِ خاموش | موشگافی نمودہ عقدہ کشود |
| سر برآورد از کنایت گفت | ہوشمند گزین سخنور بود |

۱۳۸۸

کاٗمترہ شاعری ہُند فن ورتاوس منز کتھہ حدس تام چھہ تمیٚ
سپدیمتی، وچھُن چھہ وِث پرن والین ہنز کام تہ اتھ متعلق

# بیادِ تنہا انصاری

## نتیجۂ فکرِ جنابِ عبدالرشید نازکی نازگ

---

اعتبارس بے اعتباری سنگ

اختیارس بے اختیاری رنگ

پوشہِ ٹوٚرِ بن دماہ ثبات نصیب

قسمتس تار کن چھ رات نصیب

پرتھ بہارس چھ واری داتھ نصیب

پرتھ گلس تازہ حارٔ ی ناتھ نصیب

پرتھ قدم شہ ہیوان پکان یوہ نہ کٔن

رہ مسافرہ وۄن آ ن چھ ماروزان

---

پوشہ موٗت ڈوٗٹھ گلبدن تنہا

سروِ قد رشکِ یاسمن تنہا

وہی حیا نکُ وُجارہ تراُوِتھ ژۄل

ہاوِسن ہنٛدِسہ نغمہ خاں تنہا

کتھ سنا ییٚتھ شہ موکھ کھٔٹتھ بیتو بٹھم

دِل گرژھان ازٕچھ بدگماں تنہا

کمۍ بٔنلِ کمۍ قیامتن کوٚر زیر

کرتن منز گیو جواں تنہا

وارۍ واتن نہ جارۍ ثاتن منز

آبشارہ رواں دواں تنہا

مارکن ہنٛدِسہ شمعہ محفل گو

تارکن ہنٛدِسہ آسماں تنہا

ہِائینک قلُزماہ نہ لفظِہ سوٗ دُر

شولِہوُن بحرِ بیکراں تھےؔ

نوبہار وِژہ ژھانڈتن گوشن

نغمِہ سو نتکُ سُہ گلُ فشِاں تھےؔ

نور و نغمکُ سُہ مُشکہ سر کوت گو

سادہؔ پُر کار، نکتہ داں تھےؔ

---

اکھ شابک مژھیٗلُ وناہ گو چھمبیٔ

اکھ جیاتکُ بیٔ سوٗ کھ آنا گو چھمبیٔ

قطرِہ یوٗ آسمانِہ گودری باوٗ

گلُستنس شہِہ ژھوکیوٗ نُتھِہ گو واوٗ

آفتابچ زٔرّاہ کراں سالاہ

لوسنس تام چھُس یہ دینا ناوٕ
موت پزٕی یأڈھی نیم بے ہوشی

ژھمبرہ مِلون چھ مادہ ہس کانہہ گراوٕ
نوٗز نوٗرس چھ ہم رکاب پکان

موت یارو چھُ منزِلک اکھ ناوٕ
ژاوٕ یلہِ تیتھ سرایہ منز کانژھا

نوٗزِ وَے کأژی ہَے سُہ پوٗرٕ حضِ دراوٕ
نوٗرِ مشکاوِہ یان پوش ہنس

جامہ بدلاوِ پزٕی یأڈھس ژاوٕ
آو تنہا تہ بیوٹھ گو تنہا
اَزٕن ازٕلے چھُ آدمس تنہا

منزلس نیرِہ پرنتھ اکھاہ تنھا

زان مو پانہٕ گو اکُے تنھا

گوٚ نہٕ کوٚت ییٚتھ چھہ بالہٕ پیٚتھ ہیوٗ دراو

تھزرِہ پیٹھہٕ یوٚد وُچھک ژھک سورُے

یتھ نشیبس اندر گرھان چھہ بُل

نظرِ ہُند حاطہٕ یُتھ چھُ ہُت تامنھ

نوُرہٕ باگے چھہ آفتابک سنز

ہُتھ کوہ ہس ژھایہ آسہٕ ماروتُل

چاٲنی بےسعو کھ نظر نہٕ میباٲنی نگہ

منتہیٰ بس فقط کوہ ہس تامنھ

آفتابس چھُ راتھ دوھ یکسان

زندگانی تغیُّرک آسمان

سرمۂ چشمِ عاشق اُیھن خاکِ مدینہ تَے نجف



یادوه ژبې کوو هَس نه روو چه هس اے خدائے ذُوالجلال

خالقِ کونین ځُهک ، الله اکبر بے مِثال

بندوه چونے چُس به معبودا ، ژه کُن ځُهک لاشریک

پرینه شیاذِی کُن چهَ سرخم ، هر دو عالم چون مل



مبّانه ربّا چون کنِزاه ، چون بجزاه بے مثال

اَته کران اقرار دُنی یاه ، بجرو بیه کوه نه بال

اِبتدا ژی ، اِنتها ژِی ، حق ژه قادر نی ژی قدیم

بے بقا عالم نه ، باقی پیشه وُن ژِی لا یزال

واو، آنہ گوٹ، ناو پھُشیمر، کیاہ مییہ گنڈیوم باوہ کس

بینھ طُغانس منز خیہ دا یا ستھ مییہ چانی چھم دِلس

واو ڈیشتھ ناو تراوِ زنہ نہ ازتامتھ تو گمُ

آس دارِنھ آوِہ لُن چھُم، ناو لاگمُ ساحِلس



پارِی گی نے یا محمدؐ آے میون

پایہ بوڈ چھُک کر خدارا پایہ میون

چھُس بہ تنھا، یوم نِیایا گوس گیر

اکھ نظر کرتم تہ انذِ ہاے نیاے میون



چھمُ تمنّا کر بنہم دیدارِ چون
دِل میٹھ کر پشان ڈیشہ نا دربار چون
دین ودُنی یاہ پڑ نہ لِہے میونے گوژھُم
یا محمدؐ جلوہٗ انوار چون



بندٕہ چھُس دِبہٕ سُند، وُمتی چون اے رسولِ نازنین
تاجدارِ انبیا، اے رحمۃٌ للعالمین
روٗسیاہس چھُم سیاہ فردِ عمل کرہ کیاہ پگاہ
پرہ نہ حشرَس تراوِ نہٕ ہم پیارِس اہلِ بیتِ طاہرینؑ



عرش وکرسی، لوح وقلم، شمس وقمر ارض وسما
کوہ بیاباں، بحر وبر، نخل وثمر، نور وضیا
بٔیہ یہ کینژھا یادٕہ کور تنھا خدا ین ہیرہ بون
یادٕہ کور تمی بس بشوقِ ذاتِ پاکِ مصطفےٰؐ



یانی دفپ "کُن" کنی خداین پاآئدہ گوتامنتھ جہان
زُون، نارکھ، سری یہ، دری یا، کوہ، زمین بیہ آسمان
الغرض ئدّ کائناتھاہ یا رسولِ کائنات
پاآئدہ کوّرنا چاآئی لولن اَز مکان تالامکان



محمدؐ بیہ علیؑ وُھتی، چشمِ بد دُور
دُرا ہتھ کعبہ کبن پیہ تلن کرو سُور
حُضورنؐ تُل علیؑ بیلہ دوشنی پیٹھ
ندا غاآئی سُپد نُور علیؑ نُور



چُھکھے زِندہ وُچھ حیات، آلِ محمدؐ
وُچھان اَسہ دوہ تہ رات آلِ محمدؐ
مُحمدؐ مُوچھ اَندر ہیھ کائناتس
خُلاصہ کائنات، آلِ محمدؐ



چھم خدا سُی، یُس چھ ربّ العالمین، یُس لا شریک
سیّدِ کونین مولائے دُوْ عالم، چھُم نبی
آغنہٕ چھُم مولا علیؑ تنھا زٕہ انھ روزُم گواہ
سُی علیؑ یُس افتخارِ ہر نبی وہرِ ولی



زاوِیُس کعبس اَندر، مسجِدہ منبر یُس گو شہید
"شاہِ مرداں، شیرِ یزداں، قُوّتِ پروردگار"
میٖون مولا سُی یمِس تنھا خداین دِیُت خطاب
"لا فتیٰ اِلّا علیؑ لا سیف اِلّا ذُوالفقار"



غم تمِس کیاہ آسہِ یَس مولا علیؑ مُشکِل کُشا
حیدرِ کرّار، محبُوبِ حبیبِ کبریا
دست نگر گوٚہ رُوزِ تنھا چھُم یدُاللّٰہ دست گیر
دست گیرن دستگیرا میٖون شاہِ لا فتیٰ



چھُم میٚہ مُشکل پیش آمُت چھُس پریشان یا علیؑ

سخ پریشان چھُس کرُم مُشکل میٚہ آسان یا علیؑ

زون ہس تنہا تو ے وو تلیتھ پیوٹھس ہیتھ دادی آم

رٹہٕ کھنداہن چھُہم دادِن تٔزہ درمان یا علیؑ



یا علیؑ ہیتھ چھُس تہٕ نیتھ چھُس پیچھُس بہٕ چونے دوستدار

دُشمن چانِس چھ پوڑ ہیو دُشمناہ پروردگار

واے جگرس پییہ میٚہ کرتَن رُتبہ چونے زآنی زانی

مور رکھہ مسجدہ اندر منز نمازنے روزہ دار



مخدومہ ارض و سما بنتِ شہِ لولاک

غمگین وُچھنت نش سرورِ عالمؐ گرڈھان غمناک

کیاہ صُور بھاہ چھ موٚ کلینچ روزِ حساب نش

صدیقۂ کبریٰؑ یمس ہیتھ سیدہ غضبناک



سردارِ کُل زنانٛنئے صدیقۂ کُبریٰؑ
تسُنٛی ناو فاطمہؑ دپان تسُی حضرتِ زہراؑ
بابَن جنابِ حضرتنؑ دِیُتنس لَقب بتولؑ
حسینُنئے ہنٛز دید گلنٛئ زُوسأنی تس فدا



ہلالس اَز غمَن کوٚر مُت کمر خم
دپان چھَو ناخبر اَز ژاؤ مُحرم
اِشارہ تانی ہو وُن کربلا کُن
غمو کوٚر شش جہاتس زوٚل یکدم



تلُان شورِ قیامت آو مُحرم
چھُ وۄش تراوان فضا بتراۓ یوٚت غم
گرٛاہ غازی حُسینا، واہ حُسینا
ہمیشہ باسان فطرتن ہیوٚت مُت چھُ ماتم

چھُ محرم اِنقلابک اکھ پیاما
قوٗ رانس جان وَندنُک اکھ مقاما
یزیدس کیٚت پیامِ موت محرم
کران یُس نہ نوٗ دِینس سۆے نِظاما

○

یِوان محرم ہُراں اِیمان میٛونُے
لَبان نوٗ زندگی عرفان میٛونُے
ہیوان نامِ حُسینؑ یامنہ بہ تنہا
سراپا نوٗر سپدان پان میٛونُے

○

اِیو یار و وَدَو دوٗکھہِ لَد حُسینس
چھوٗ کُن دِلہٕ کُن اَشک مرہم کروس
مگر جبس تھاٗوی زبو ینہٕ کانہہ یزیدا
ہُپیٚ اَر بیہہ نادِہ بیٚنہٕ فوجا قرانس



شہِ دِینس ژبہٕ کُنہٕ وَدِس کرِی ٹھاک
مگر وَ دِتِتھ یزیدس کرٕ جِگرٕ چاک
اُوشس ہِنِس پتُر تِتھ جوشِ طوٗفان
ڈٕہِتھ رِنیہِ باطلس پیٚش مِثلِ خاشاک



وُدُن دوکھِہ لد حُسینسؑ چھےَ عبادت
چُھ اَتھی وَدَس بلاشک واٗدہٕ جنّت
گگرٕ وٕدی وٕدی بنُن چھی شیر دِل حُرؓ
کرِنی راہِ حُسینس چھےَ حمایت



حُسینی اِنقلاب اللّٰہ اکبر
وُچھم فطرت کران تبدیل یکسَر
شمع ژھیوٚوہٕ رُوٗشبِ فرقت اماًمن
مگر پوٚشیرِ کراں رُودی گنتھ برابرَ



وَدکھ بوّد بے ریا تنہاؔ حُسینَس
تمِس مظلُوم شاہِ مشرقینَس
برِی لولاہ پگاہ بُڈِی بابہ تمِی سُند
میثہ وَننم یتھ نصیباہ آسہِ بیٚیہِ کَس



مہ کَدْ آہ بوّد ییتہ نے گھٹتی چھوکھ ژیٚہ یِیہم
مہ وَدیتہ نین دوہ کھن کرتاب رٔٹھ دم
مگر پاوِتھ ژہ تس دۄکھ کربلا ہکی
ودکھ بوٚ تلہ حُسنس تیوٚنت چھےٚ گم



غمن ہُنْد پادشہ گوشہ سُندےٚ غم
چھُشہ تنہاؔ شہِ شہداے عالم
تسنْدُ غم دین ودُ بنارندہ تھاوان
ژلی پرِیتھ غم تسُندُ غم رٔٹھ ژہ محکم



نِمازٕ ژاہ پٔرِ نِمازِ روزِ عاشوٗرٕ
سۄ یٔنِہ زن خنجرن تل پٔرِ امامن
یُتھ سجدٕ دِیُن لیچھمان کانَن
تیٚتھے معراج گوٚرٕ عالی مقامَن



گرٕ ژھال کیاہ تال مٕہیٚہ پرینتھ دوٚھ پٔشنیس باگ
یوان بیٚلِہ یاد عاشوٗرُک ہیٚشن فخ
گرٕ ژھال آوٚکِن چھم کربلاہ کیٚہ
وُچھان چھس اہلِ بیتَن ہَرِ صلاہ سَخ



اَزٕ چھِہ عاشوٗرادِ موٚقٔی یاد اَزٕ
پنجتن پاکَن سُنٛد بیداد اَزٕ
تا عالی گیٚہ لعنت یزیدس تا اَبد
گُلشنِ زہراؑ گوٚرُن بوٚر باد اَزٕ



میٚہ کاسُہ پرِ بتھ غماہ آے ربِّ ذی شان
نگہ اکھ غم دِلَس تھاوُم فراوان
سُہ غم گو حضرتِ شبیرؑ سُند غم
بوٚڈ ہے غم دِم، یُہ ہے غم چھُن ایحسان۔



کوفکیو تہ شامکیو سانہِ بڈی احسان فراموش
پیٹھ کربلا و آتِھ ستم ایجاد، ظُلم کوش
نِنھا رُوٹُکھ مہمانِ مُکرّم کوٚ رُکھ شہید
مولا حُسینؑ، محسنِ اسلام، سرفروش



تاپہ فرک، تھنپ گرمی، ہوازن نارِہ ژھٹ
اہلِ بیتن اوس خیمن منز صدائے العطش
سنگدِل کوفی فُرات رٹِھ عرشس ژابہ تنتھ
ترشنہِ داد ہے تنہا اصغرؑس ہیلہ آو غش



لا اِلٰہک راچھِ در مارِتھوٚن مرِہ آدہٕ لا اِلٰہ
کربلا واتان پیوٚٹھس پیٹھ آسے احکامِ یزیدؑ
لا اِلٰہس حضرتِ شبیرہٕ نے کوٚر سر فِدا
زندہٕ تھوٚوُن لا اِلٰہ یوٚزٕ لا پیٚہ نامِ یزید



نظرِ تھاوٕ پاک تنہا، قلب طاہر
پٕرٚدٕ وٕرتاو، رُت کرٕ کرمہٕ ظاہر
حُسینس آرنٕ یِوٚن امداد درکار
سَکھ، وفہ تھٕ بن حبیب ابنِ مظاہرؓ



یزید آیِزاہ، حُسینؑ ثابت حقیقت
آیرٕ بُزدِل تہٕ یوٚزٕ شیر شجاعت
یزیدس تختہٕ کرِہ تختسِ شِمو سا
فقط انَ تکھ شتھی راھانٕدِکھ دُوسنت



حَق ۽ ناحق ۾ ٿيون ڪِڏهن هاوِني ڇڪ وَٺو، حَق وِٺُ
وا تناوُن حق بحق ڦُٽي پوءِ ۽ حقِ ڪارِ حُسينؑ
سَر ڏِنُ ڏِنو، بائي شِيد، اولاد، جگر ڪُھائي ڏِنو
زنده ٿھاوُن دينِ حق بس ڪارِ سرڪارِ حُسينؑ



رمزِ قرآن ذِڪرِ ۽ تاران ڇون عرفان يا حُسينؑ
ڇون عرفان صنامِن تڪميلِ ايمان يا حُسينؑ
ڇُس ۽ ڇون ديوانهءِ تنها، ڇون غم هيٺ ڇُس غني
ڇِمُ گواهه چاڪِ گريبان، چشمِ گريان يا حُسينؑ



ناوِ ڇوِني مون ۾ ڪُري پيغام ظُلمس يا حُسينؑ
لَرزه چاني ڪربلا گو باطلس ترَس يا حُسينؑ
آسِ هي ڪِتهِ دين باقي پيدِ هي ني ڪربلا
تا اَبد نهِ وانهءِ ڇون احسانِ دِينس يا حُسينؑ



شاہ چُھکھ ژےٚ، پادشاہ ژےٚ یا حُسینؑ
دین ژےٚ، دینُک پناہ ژےٚ یا حُسینؑ
سِر دِیُتھُتھ دَس مادِ دِیُتھُتھ زانہٕ باطِلس
چُھکھ بنأے لا اِلٰہ ژےٚ یا حُسینؑ



حافظِ قُرآن ژےٚ قرآن ناطق یا حُسینؑ
ژےٚ اِمامِ حق، ژٕہ عینِ حق ژٕ تٔیہ سٕنٛز حق یا حُسینؑ
چھَم زبان قاصرٕ وَنہٕ کیاہ منقبت چأنی، ژُہ تتہٕ چھون
زانہٕ اَللہ بیٚیہ نبیؐ، تِم چأنی عاشق یا حُسینؑ



دین و دُنیا یہ چھون غم چھُم یا حُسینؑ
یوٗنٛ ہیمہٕ غم تِہوٗنٛتام چھُم یا حُسینؑ
چھون غم ہتھ ہارٕ چشمو چھِیرِ خون
بیتھ دمس ہمدم ہمیشہ دم چھُم یا حُسینؑ



دوئن جهان ۾ سعادت يا حسينؑ
مهجي تن ٻيو چاهي بيعت يا حسينؑ
چاهي بيعت، بيعتِ مولائي ڪُل
واڌه تنهنجي آمت ڇُهه جنّت يا حسينؑ



ڪربلا پاوان ڙه تن سُي امتحان ڪرب و بلا
پيهه ڙه تنها سينه دورُته ديڻه پاتنهه يا حسينؑ



هوڪ نه اآتا امنه ڪرِ ته ڪاشهه ترِته امامت يا حسينؑ
پينه پيوان چيون ڪربلا جام شهادت يا حسينؑ
الله الله سرِ سناس پيڇه نه ڏينگ پڪداد
بي مثالي منزِ مثالاه تا قيامت يا حسينؑ



بس امامت چأنی معراجِ امامت یاحُسین ع

بس شہادت چأنی معراجِ شہادت یاحُسین ع

چون پیٹھ اِتمامِ حجت مظہرِ خُلقِ عظیم

چون پیٹھ اِقدامِ تفسیرِ رسالت یاحُسین ع



زیرِ خنجر اکھ نماز اپچھ عبادت یاحُسین ع

کرِ تلن منشر نعرۂ حق پچھ ریاضت یاحُسین ع

یِژھ عبادت یِژھ ریاضت ہُنٛھ جہادِ راہِ حق

کربلا گیہِ ختم ژِہی ییٹھ تا قیامت یاحُسین ع



کربلا حقّس حبابِ تخ یِہ تِہ رفاقت یاحُسین ع

بأ طلس کرِ تھ کربلا موٗیخ فلاکت یاحُسین ع

کربلا دینِ خدایس ضامِن فتحِ مُبین

کربلا ظُلمس ظُلم گارس ہلاکت یاحُسین ع



مؤمنس لازم مسلسل چھائی اطاعت یا حسینؑ
چھائی اطاعت حق تعالیٰ سنز عنایت یا حسینؑ
چھائی عنایت بس سنز تس خوش نصیبس گژھ پگاہ
جنتس منز اہلِ بیعت ہنز حمایت یا حسینؑ



چھائی ہش عظمت چھ کس ہکس پرِتھ کرامت یا حسینؑ
ہاوکھی مظلوم آسِتھ پرِتھ شجاعت یا حسینؑ
باعے بند ہنتھ وونھکھ بنیس خونہ دریاوس اندر
زندہ کور تھَو دینِ احمدؐ تا قیامت یا حسینؑ



کربلا کمہ صبرہ سان اسلامہ باپت یا حسینؑ
نالہ منہ رٹ تھوٚن زینہ عوشہ پیچ قیامت یا حسینؑ
ترٛیشہ ہتی ہوٚ ووٚتھ کمالِ صبر در ذبحِ عظیم
ہیوٚ چھ تتی صبرن نہ کیاہ گو استقامت یا حسینؑ



بے مِثالہٕ دوٚن جہانن ہُنٛد ژٕ مولا یا حُسینؑ

گٹہِ اَندر روشن ژٕ دیُنُک آفتابا یا حُسینؑ

دیُتُت نہٕ تاریخن ژٕ بیہ ہیوٚ کانہہ بیاکھ اِنسانِ عظیم

بادہِ زانہہ سپدیا ژٕ بیہ ہیوٚ بیہ کانہہ حُسیناہ یا حُسینؑ



اَز گژھان پرٛیتھ طرفہٕ غاٖنی یا حُسینا، یا حُسینؑ

اَز وَدان عالَم، کران فِطرت حُسینا، یا حُسینؑ

رَتھ اُچھو ہاراں شفق، آفاق ماتم چھُن ہیتھ

پارٕہ کرٕہ جامن لگے، ماتم کرے نا یا حُسینؑ



زانہہ مَشا پروردِگارس پٮ۪ٹھ حمایت یا حُسینؑ

آسِہ تہٕ مُشراوِنی پٮ۪ یا زانہہ پٮ۪ٹھ عنایت یا حُسینؑ

کربلا دیٚنچ عَلَم، سَر دِتھ، ژٕ بیہ تھاوُتھ سَر بلند

چوٚن احسان کوٚت دیِنس ہے بے نہایت یا حُسینؑ

○

ژیہ میٲنی پاٹھی زندگی دشوار چھے نا ؟
میہ ڈیشتھ ژےٚ وَنُن تنہا ونے نا ؟
چھُ پرینٛھ ذرٕک جگر اکھ کربلا آز
دوان آو چھُنا کُنہ کانٛہہ حسینا ؟

○

خلیلؑ اوس اکھ تمِس دُشمن نہٕ اوس اکھ
خُدا دشمن سُہ اوس نمرودِ مردود
خدا وندا اَزِ کٔ انسان کوٚتہٕ واتی
چھُ ابراہیمؑ اکھ لچھہِ بدٕی چھِہ نمرود

○

بلاشک ژٕ عبادت دِل نوازی
چھَہ آرمہ کھوٚنہٕ بُڈ عبادت راس بازی
چھُ دِل سُے یُس بنِتھ آئینہ وَ نہٕ پوٚز
نوٚوَے تنہا بنِتھ آئینہ سازی



اَپزی ٹھُرٕ نٕھاوی پانس حیلہٕ سازی
پتھٕ لاکن گئیس نٔنی چال بازی
ترٛان چھُنہٕ آب پزرس زٕ ہٕنہٕ تِہٕ تنھا
گرٛہان رسوا چھ آخر جال سازی



وُچھُت ییس دوہ کرتھس نے نوازی
دوہس راتس چلاوتھ فندٕ بازی
اَیازُن ناو ینہٕ پانس ثٔیہ تھووُتھ
گمژ بے زار تنہٕ پانس ایازی



نفس ییمی مور بے شک سُی چھُ غازی
اکس قبلس ہنویُس سُے نمازی
اَیازن روٗٹ اگُے محموٗد تنھا
چھ مشہور عالمس تمی سٕنز اَیازی



غمہ پنُن تراوتھ بیتیَن ہندِ زہرِ غم کھیوٚن زندگی
غایہ سیٚے رُت سپدہ ہیٚنِنیٚ خوٗنِ دِلِ چیوٚن زندگی
زندگی چھےَ دردِ سَر ہیتھ ظلمہٕ کاٗسُن آدمس
دردِ سَر أنِنہٕ راوِہ نےٚ کینہہٕ تیلہِ چھہٕ سَردِنُن زندگی



کلمہٕ حق زندہٕ تھاوِتھ زندہٕ روزُن زندگی
گٹہٕ اندرُ وزمل بنِتھ تابندہٕ روزُن زندگی
فی سبیل اللہ فنٹر نتھ ماسوا اللہ ہکِی یلہ تلِی
بسَ أکِسِ پَروردِگارس بندہٕ روزُن زندگی



زندہٕ تَتی روزان ضمیر یس آسہِ یژی کنہٕ رٕژ خمیر
رٕژ خمیر بس آسہِ نتھا سُےٚ تقبیری امنز امیر
زندگی یس أنبہ ضمیرن زندہٕ سُی گاٹھِس گھُنِتھ
زندہٕ پانےٚ موٗدسےٚ یَس موٗد سینس منز ضمیر



بسنت گو کردارینغ قومس چھ تنغ بہنر مرن
وعظ تنغ قومس برن گو آب زن پری ہنن برن
زندگی پانو گذارنی بیست کردارن اندر
گو یقینن زندگی ہندا ورو رسوا کرن



ہمن چاہن یرادن خار سائی
بیئین فرسن گیئی ماتار سائی
وچھنت اوار میانی کھاجت ڈبکس گیئی
فرنغ قطرہ نہ مارنغ کار سائی



کوزم چاہن خیالن سال سائی
ژھوئے بوزم وئے کیاہ لال سائی
یو چاہنو گلبو داموا آندہم کیاہ
نبتو نار ہو چینس چھم حال سائی



کوٗرٕ کیاہ، سوٗرٕ کیاہ، اَتھہ کوٗنہٕ ژٕھیہ وَتھ
گژھنہٕ وقت کرِ پھیرٕ پَتھ روزِ کتھ
ہیچھو لیٖچ گگس کھٕستھ دَرِ کوٗت کال
تُرُکِس چھَے کِنی کتھ، مُڈَس لورِ ہتھ



دَپان شاہانہٕ حُسنکی ناز بدٕلیاے
سیاسی محفلن ہِندی ساز بدٕلیاے
یوٗرٕ نَے بوزکھ چھَہ پرٲنۍ تال تَے ڈال
نشرٕن وول سُے مگر انداز بدٕلیاے



(سلامی کوٗنسلہ کین ممبرن ہٕنٛدٕ ناوٕ)

چھَہ پرٕنتھ مُلکس اِہنز سَنتھ وقتِ سختی
دِوان یِم پیمہٕ لِنٛش لَتھ وقتِ سختی
دِوان کتھ دولہٕ، وقتس پیٹھ کھوان کتھ
وَنٛدان تِژ وانہٕ گُژھ رَتھ وقتِ سختی



مہ نو پُزی کہِ ژیٚہ سیٚتی کیٚنہ یارہ ہیٚوٚن دیُن

ہُہ چون دُنی یا یہ میوٚن دُنی یا چھُ ہیٚوٚن ہیوٚن

کھاہ وَنہ ہے خبر چھا یارہ ہیم ما؟

بنیٚ یا نٚرو لگے چھے یا نہ منیٚوٚن



یا آری بہ پینہ نین ژھلن از آغہ خدمتگار میوٚن

ہیٚوٚن پرینہ عاباہو نر از پرینہ انژ شہکار میوٚن

وَنہ خوشامد یازہ نے کیاہ، قبرہ بن زاجیم یٚنی

اَدہٕ مُنسٹر چھُس بہ اَدٕ اَدہٕ میوٚن دوہ ہمسار میوٚن



چھُ سہ ہنجرس اَندر چھے شادی شالن

کوٚکر بانگن ہنڈے رٕکھ ژانگہ اندٕالن

کران خوش گمفہٕ وہ نگاں رانس موٚگر گھیتھ

دوہس پھیراں دِواں سہ رنگ بنالن



دَپان جمہوریت لفظن ۂ معنن
چھ پننہٕ دورس پننہٕ الطاف بخشن
یمے الطاف لوٗئ نوٗئ اَتہٕ عوامس
پتھے لیڈر وَسان ٹھاسہٕ چھ کِیُل زن



چھُ بیوٚن بیوٚن دوستو گُلشن تہٕ گُلخن
چھُ گلشن گُلشنے گُلخن چھُ گُلخن
مگر لیڈر دپان چھِم کُنہ طبیہٕ پالس
کھیم کُنہ پیوٚم کرِدارس میہٕ تاوٕن



اکھ وُندان قومس چھُ تن من دھن تہٕ لنگوٹیاہ ولان
قومہٕ چے فکرے چھُ مارس شِبن زان ہَن ہَن گلان
بیاکھ بیٚران بھوٗ بتا بیٚیران بنتھہ غم خارِ قوم
لکھ بیتی دوہ پھے یِمے اندر سیدان قومک غم کھوان

○

یُس لوٗٹہٕ فاۓ فِلس تمِس شوبیا دِپُن نواب
اُنی اُنی وٕنہٕ زُم ورتاوی تن یوسف شہنی آداب
کاوس بنیا نہ پانہٕ زنہہ غاصب بنیا بڈشاہ
سَن دِنہٕ سٕہ بے شک بڈشہن نی تن تمام القاب

○

بیٚلہِ یارٕ رَلن پانہٕ وانی مذہب نہ سیاست
پوٗز نیرِہ لوٗن اَپزِس کرن سنگسار وٕنے کیاہ
رٹہٕ سینٹی سپنس دِینہٕ سے دُنی پانہٕ برٕس لول
پانے وُچھک لگہ باطِلس کرِتھ لار وٕنے کیاہ

○

اِی مبہ مذہب، سُے سیاست، دوٗن نِشان تنیر اکھ
دوٗن تارن نوٗر اکھ، دوٗن خابنے تعبیر اکھ
اِی مبہ مذہب، سُے سیاست، پیکرِ اسلام مُۓ
تراو نظرہ، جلوہ مارن وُچھ پنہٕ روخ، تصویر اکھ



کیاہ دۆپتھ یِیہ ناسہٕ نبلہِ کُے دوربینہِ دۄہ تارٕہ ہیو
پۆزوۆ نُتھ، اما ونُ پوٗز مارٕہ کتھ اَز یارٕہ ہیو
یوٗہ میٖہ آزادی دِ پیوٚ چھا حالِ دِل باوُن گوناہ
نوٗرٕہ دۆ پیٚنم جَل وۆلکھ نیٚ زٕ بوکرتھ دۄہ نی مارٕہ ہیو



ژٕ یہٕ وِزٕہ وِزٕہ چینتھ یوٗہ تہذیبہ کی کھاسی
سیدِ بن سادن تو کرے زٕ ناں ژٕ وٚ ہٕ وا آسی
بِمن ما پان آوِیل، جامہٕ زٕ آوِیل
کتھن میچھر، اَتھس تسبیح، دِلس پھا آسی



یِکان اَز بُڈی چھِ لِتہٕ دی دی زمینس
نِگینس کُنی دِوان، ژٕ نُڈ آبگینس
نبس سیتھی یم کھوان از گاڈٕہ بُزی بُزی
تہٕ بعض زر چھُ، زر میلُن کمینس



تزان ذکرہ کوت و آڑ و قیچ دَ بیلاہ

دَلیلاہ جھ بُڈ میا نہ ربُّ الجلیلاہ

رِیہ وَ نتم مگر چھا بہ فرمان چوُنے

شریفاہ ، دِوان تالہ ژ بل بش رَذیلاہ



گرُاہ صُبحہ کُے واو زن تیز رَہ

تُلان دگ مِتش بورساران مُدَو

ہُہ کھرہ ہن وچھُن چھُس ہَٹش مہ ختہ مال

بُسبو گھبون اَمِس کو نگ آکھ کیاہ وَنو



ژَلان آسی زآری جو باہ اُنی کھ رُٹی رُٹی

مَتِھتھہ رَب محلہ والبو گڈکھہ اُٹی اُٹی

تَنتھُے آو نار ھا رِتھ پانہ حاکم

نَمِتھ لو کو سلاماہ کرسہ نٹی نٹی



عمٕر یِلہ سیلاب پرٲیس گے ڈٕہتھ لٔر دُج تہٕ ڈوٗر
تَن دِژٕتہٕ ہُمَس تہٕ رودی جسٕ برابر مغزوٗر
ڈٕہ بُڈرہ اَز رٕتھ پامتھ تہٕ سٕر ہیٚچھِ آب گگے
گوٚے اَپس مُشکل بینٕ، کاڈٕن ؤۄ تھے یکدم فتوٗر



حمایتی پرون چھُس اَمُنک لمبرون
پھُدٕ وَن جنگ، اَمنیچ ترٲے گلُشن
گرآسُن گرٕٹھم سامانہٕ جنگک
خبر چھا نہ کرٕ ہم ما حملہ دُشمن



درٕ گیوٚ پرتھ کینہٕ سوٗرٕ گیو انسان اَفسوٗس
کھوٚتِن پوشن کُنان ایمان اَفسوٗس
یہٕ گلُشن ترووٕ یُز نتھ حرصہ واوَن
مُتٕر یوٚ کنڈٕی زال گوٚ وٲران اَفسوٗس



دِژو مےٚ وادہ یٔژی کیٚنۍ تی کروی آسہٕ چانۍ مرضی
مےٚ یٔژی یا اٚٹھن وینو مےٚ کرژہ یہ پیٹھ قٕہ ریان خود غرضی
مگر وٕچھ گوسبٹھاہ ہمیاہ چھُ نوٗ حالات گے بدلیتھ
دُن باساں چھُم ینٕن وادہ تہٕ چانۍ مرضی کتھاہ فرضی



وٕچھم یِس زٔٹ ہنیم یِس یہ وٕنتھ کُن میٚگٹ
ہٕنژرمُم تہٕمۍ دِس یکسنی آیہ نی ہٕنیٚٹ
مے شُے تنہا اُچھن اَر نیٚرہ تاران
بٕسُند غم کیٚنت دوٚیہ پانس کٔرِم ۂٹ



چھُ یا پُنسس ہیٚو نہ کانٕہہ بو یا جیباہ
کمن دادن چھُ پو نسے بوٚد جلیساہ
وُچھم خارس شرس یہ پیٹھ کیٹہ چھُ پونسے
مگر پونسے چھُ تنہا یا نصیباہ



یتھی گاٹہ جارس دزان تَے ہران پَر
تتھی کر بیٹھی منزِل کران دِل بُرنزِس سر
ییوان گاٹہ جارس تیوُ وُچھ مینہ گاٹے
کران اَچھ وٹِتھ عالماہ دِل مُسخّر



اَز نہِ لوگ بارٔن وۄپس چُھم تاوناہ وۄنی آیہٕ عید
یارہ منز میٚانے اَژِتھ اَزتانی دۄہے گیہٕ ضایہ عید
فرضہ گژِھ پوجامہ ہیٚن، کرٕی مَس پھرن، گرنیٚنی مَس
نزِتھ غریبس کرہ شہ کیاہ بے مایہ بے سرمایہ عید



یارہ میانہِ کتھ ییتھ چُھک مغرور
دوہو ہیوٚ آدم چھوُ کیہ بوٚ ستور
پُوش گوٚنہ ییتہِ وَن پوشہِ کس دوہ
کالک نار چھی ضُبحک سوٚر



خداوندا چھَ مُشکل پادشاہی پاسوانی ہیٚنی
مگر اَمہِ کھوٚتہٕ سِٹھاہ مُشکل چھَ نوکری کرٕنۍ تٕ ژٹھ کھیٚنی
چھَ نوکری رازٕ ہوٗنٛزٕ س راتہٕ کرٕنۍ آیہِ تَن تھاوان
کرٕنۍ نوکرٕ چھَ آزادی ضمیرچ دِتھ، غُلامی ہیٚنۍ



وُچھِم لُکھ اَنہٕ ژٕرِ انسان وُچھِم کم
ییٚمن ژھوٚکھ زانہٕ نکُ زانان وُچھِم کم
یَمن رَتھ دِتھ مہ کم کم پھانٛسہٕ لٲوِم
ییٚمن کیٚنٛژھاہ ژٕنۍ بہ وزان، وُچھِم کم



دُنیاہ وُچھِم بے اعتبار
آسان دُشمن باسان یار
عٲباہ وُچھِمس اَمہِ کھوتہ سَخ
دِمس سیٚٹھۍ نمس کار



ہَرٛد ہیتھ پوٚز وُچھنٛ اَپزِنُک ترٛد اَز
پٔزرٛ تراوتھ اَپزُ پَراوُن رٛٹھرٛ اَز
گوٚمُت ہوٚت اَپزِ سِی دُنٛیا کھٹان پوٚز
چھُ پوٚز تھَنٛھا پَزِس آمُت ہرٛد اَز



ہناہ سَن کَس پِہ دُنی باووت اَنْدس
موٚ ٹھے دَسے چھُکھ نمانٛ وہ راتھ بندس
کران گرتھ مذہبچ غاٰئبَتھ اکرکھ نا ؟
برابر چھی یوان دَنٛدس تہٕ چیندس



علم رحمت تہٕ بے علمی چھِ لعنت
چھُ پرٛزو دُل گاش اَنِوٚر اوٚن تہٕ زحمت
وُل گوٚ پرٛزی پرٛزی تہٕ یُدکا نُہ روزِ جاہل
منٛش بسِ اَنِوٚرسے واللہ چھُ رحمت



رَژالیژ کھوٹ، شرافژ گووستھ موءل
چھَشُنِ شُنِ آتھ غمس عقلے بیمژ زوءل
رَژالیژ دیارہ کارسے، دوہ نہ دُنی یاہ
شرافژ تالہ ژبل، ٹھونکر، تھیر ٹھوءل



ژُو نہ بیٹھ ژو و ٹور انسانن تہ ٹمھن تژو و رَو
ژُون کانہہ زیناہ نہ املکھ دپان نھاءِو کھ گرَو
روں زینتھ آسہ کینتھ حالاہ چھ حالس حال رُت
شُرہ ژھوہ ٹن آسے پوش پھوڑا پھوڑاپوشہ باغن ڈوڑھیو



اُنڈری گالاں میشہ آواحساسہ کُے تاو
میشہ آتھ تاوس کرہم کیاہ سوشتہ کُے واو
چھمکو بینتی میشون دِل پھولمٹ چمن زان
ریکھمئ بیدردہ نے پکھلو و بہار آو



ہوٚٹے چھےٚ رُنت تۄہے مرتی پرکھنا؟
نمائیش چھےٚ کرٕنی تگنس کرکھنا؟
دِلس منز چھی ہوس فنکار چھےٚ نہ بوٚ
پگاہ کیاہ دِکھ جواب آخر مرکھ نا؟



چھُ لولس لول تنھا زن دۄ دِلن قند
کران لولس چھُ پانے لول پیوند
دُوٚن، دورُن، تُلُن فطرت غزالن
کران آخر مَن لولے چھُ پابند



آسہ یُس ملعوٗن شیطانس مُرید
کارِس دِینس کرُن قطع و بُرید
دشمنِ آلِ محمدؐ آسہ یُس
تھاوِہ پانس ناوٗ سُے پلِید یزید



کانُنانش نوۂ شباب آمُنت شابس نوبہار
عالمس ہولاسپُد ازَ سُے شہِ دُلدُل سوار
تاجِ عزّت یس خۂ داین ٹھوو بر سری ؤنھِ
"لا فتیٰ اِلاّ علی لا سیفَ اِلاّ ذُوالفِقار"



جامہ سبزا سبز لاگِہتہ ازِ وسان کوہ و دَمن
سونتہ شیچھ ہیٹھ وآئی بلبُل انجمن درا انجمن
وآزتہا کاینانش فطرتچ "نوروز" ڈآلی
ہی یتہ مستِ نازینبزل چمن اندر چمن



ساقیا اَن جام پوز جامِ طہور
چیمہ طہورک جام اَن سُے جامِ نور
اَز بنامِ ساقیے کوثر چیموَ
چھُم دلس "نوروزہ" کے نور و سرور

○

تہاوۄ تھ قُدسین ہند شور درود بوز

حمد و ثنا پران یپأری تُل جانوار و سور

تمہ ماکلس کر یاد سُے ارشادِ آنحضورؐ

یمہ کنِہ اَزِ یُک دوہ عالمس "نوروزِ دلفروز"

○

ہۄوہ ہس چھ مُشکہٕ دار اَز فضا چھُ معطّر

خۄشبوی علیؑ باگراوان آے گِل تر

فیضانِ خۄشبو تِتھ ہیتُو دوہ نُوے لبن تہا

"نوروز" آوتھاوِن کرتھ دوہ راتھ برابر

○

اَز غدیرِ خُم سُپُد رشکِ تجلّی گاہِ طورُ

بخشِہ تاجِ جانشینی مرتضیٰؑ اَس اَزی حضورؐ

روزی نے نوروز راضی تیتھ میہ چھُم عشقِ علیؑ

بادہ یا منتھ کاکشہ ننھا وٕ نہ نصیری چھک ضرور



بڑا رووٕن کوتاہ کال آسی یا صاحب الزّمانؑ
کرِی تۄ ظہوٗر از غیب اَے خلیفۂ رحمان
اِی تۄ ہیٚمے لۄز وۄنہٕ اَے اِمامِ مُنتَظَر
اِی تۄ چھُ منتظِر نوٗ ہے از گردشِ دَوران



ہورہ گٔے آزاد آسی کوٗز یوٗرہٕ قائمؑ رُت نِظام
حاجِ صاؔبا رفہ پھہ وَنان گراکن مگرٕ پلیان ترام
تَنبیاہ پیرس پھِرنی یوٗز پوٗرِ چھس پھاآیا دِلَس
کرِ تلا رازس کرٕہس تَل زبو پران چھس سام رام



آہ ٹھرانز سٹر نہ گرِہ ہیتھ مال چھُم نا مُکتفی
کڈہ ورُن کسٹم ژورِہ کتھ کہ حج سوٗنچان ورس اِی
بمبیہِ واتنہٕ "حاجی حطی" تہ ووٗن کسٹم ژوٗرِ مینز
تنکھ بدل روٗٹ حاجہ خیمہ پچھے جایہ "مَا سے مخنقی"

دِرتھ جَر نَنہٕ وانہٕ یٖیمہٕ دوٚرِچ کرامتھ
بہٕ گوٚ میعارِ تھَدٕ پٕنٕج بُڈٕ علامتھ
پریشانی خوٗرا کٕچ آسہٕ ژٕہی کیٚنہٕ
سُہ لوٗپٕن کاسٕہ لوٚپ آسن سلامتھ

چھُ حُسنس لوٗل کوٗتاہ آرزومند
گُلن ہِندہٕ لولہٕ بُلبُل بند، خوٗرسند
گَلن لولے چھُ بخشان مُشک تہٕ رنگ
ڈُھن ہیٚٹھ غُنچہ نے لوٗلک شکرخند

تہٕ ازٕ مشہوٗر، موٚہُم چھُس بہٕ بدنام
مہٕ زانن وائی زانن شہر کیو گام
وٕنان آسی یوَسے "بیٚرِ ژوٗر" وَنتم
بٔنیا ہم رائی منٛزِ کیتھہٕ کٕن "پرسن رام"

○

اَپزٕ گنڈی نن سبٹھاہ ہتھی یارٕ پانس
پزٕس دی تن سبٹھاہ لاکم دہانس
پتو اَپزٕس پھرن ہتھی یارٕ بینی
تہٕ گفتار اہ پزیکُ اَنہٕ دیو جہانس

○

جمائتی کانہہ میہ ہیو اُمنگ نہٕ چھا ون
بہٕ پھیورُس اَمنہٕ باپتھ ژون جہاتن
وون گوسامانہ جنگک کیاژہٕ سوٗ مبرُم
دپان چھس آسی نن بہٕ نہٕ اینجتیاطن

○

پُچھ گلشن گُلشنے گُلخن چُھپہ گلخن
بہٕ تی چھس فکرِ تاران خاص و عامن
مگر لیڈر دپان چھم کتھ کھیتہ پانس
بہٕ یُد کھسمہ کتھ گرٕ ہیا کینہٕ فرق لفظن



یانی پھول ٹھرِ بیٹھ نہ برہ گو لوہ ہوتے آسہ ؤُن گوٗلاب
تی وُچھت ژٕ ٹٕی جامہٕ پوشوگے گلاٗلن دِل کباب
اول ترآ وِتھ بُلبلاہ ووتھ وُچھ تُلِتھ ژوٗل شُورِہ پاٹھی
بانہٕ وُچھ نِتھ ژاوسہ رگس حال گو چمنکُ خراب



زیوٗرِ بیٹھ میثہ تمنا آو بام نامِ بوتراب ؑ
پھوٗلِ پھوٗلِ دِلس آے پے یہ پے عقیدتکی گوٗلاب
اَن تَن دوہ ہے نوروز یا مُقلّبَ القلوب
عرسِ مبارک مومن تحویلِ آفتاب

---

## اکھ شار

ژٕہ دوٕن عالمن ہُنٛد مدا یا محمّد ؐ
زٕہ عالم ژٕ بیہ ناوس فِدا یا محمّد ؐ

بلغ العلیٰ بکمالہٖ کشف الدجیٰ بجمالہٖ
حسنت جمیع خصالہٖ صلوا علیہ و آلہٖ
(سعدی)

## تضمین

فخر زبان لگے یا سیدیؐ مکیؐ، قریشی البطحیؐ
طاہا رسول ہاشمیؐ شاہنشہ لولاک ترے
سوزے دین پیغمبری کل کا ئنات سروری
بعد از خدا ثبیو برتری بلغ العلیٰ بکمالہٖ

---

"والشمس" چونے اکھ نماہ "واللیل" گیسوئیک رُماہ
نورانہ چونے پرتھ نماہ جاری ز ماہی تا بماہ
گتہِ منز ترٕ نورٕک عالماہ پرینتھ عالماہ زن مہرو ماہ
انوارٕ چانیک مشتری کشف الدجیٰ بجمالہٖ

---

ژٕے مصدرِ لطفِ عمیم ژٕے منبعِ خلقِ عظیم

شیرین سخن، محسن، کریم صادق، سخی، صابر، حلیم

اِنسان نوازاہ ییٚژ رحیم وتھ چانٛہِ صراطِ مُستقیم

کتھ چانٛہِ کلام داوری حَسُنت جمیعُ خصالہٖ

---

ژٕی اولین، ژٕی آخرین پروردگارہ سُند امین

اَے تاجدارِ مُرسلین تنہٕ آس ژٕی پُناہ نہٕ دین

صلوات سوزان بالیقین چھُوٚی پانہٕ ربُّ العالمین

سُے زانہِ چانٛہِ ثنا گری صلّوا علیہ و آلہٖ

## نعت

### (تضمین قدسی)

آعنہِ ژٕے کُل کائنات یا رسولِ عربیؐ

دامنس چانٛس کران اُمّت چھہ رحمت طلبی

چانہِ فیضانے درٕتھ بنیادِ عالم یا نبیؐ

"مرحبا سیّدِ مکی مدنیّ العربی

دل و جان باد فدایت چہ عجب خوش لقبی

نا وہ چانے دِل گرثھان پُر نور پاشاہِ اُمم

حُسنِ یوسفؑ چانہِ نوہرک اوس عکساہ سُوتہِ کم

چانہِ حُسنک اے شہِ خوباں خدا ہا واں قسم

"من بیدل بجمالِ تو عجب حیرانم

اللہ اللہ چہ جمال است بدیں بو العجبی"

پُھک بشر لیکن چُھہ عرشس تاج چونُی نقشِ پا

چانہِ براندِ چ خاک ملکن سجدہِ گہہ خاکِ شفا

آفتابن برزمیں زنہہ چیاگنی ژھایاڈ یٹھ ما

"نسبتے نیست بذاتِ تو بنی آدم را

بہتر از عالم و آدم تو چہ عالی نسبی"

خوش نصیبی آس عربس گوشہ منظورِ حضورؐ

گہ جہانس پیوِ تیتھے یا منہ مکس پیو چون نور

عرشہ کھوں نہ رتبہ کن لوب تھوو سُپُد صد رشک طُور

"ذاتِ پاک تو دریں ملکِ عرب کردہ ظہور
زاں سبب آمدہ قرآں بزبان عربی"

گنبدِ خضرا نوٗ من ناکارہ چشمن ہاوِ تم
یاد کرِ تم پھی شفیع حسنین منہ مشراوتم
چانہ کوچک ہوٗن تتھا چھُس تہٕ ماگک لاگتم
"نسبت خود بہ سگت کردم و بس منفعلم
زاں کہ نسبت بہ سگِ کوے تو شد بے ادبی"

اکھ نظر چانٕی آدمس دیاواں خوہ دایس نشِ تھر
یس نظر تراوکھ تہٕ یتِ درکار کیاہ لعل و گہر
سیّدِ کو نینہٕ ترووم ڈیڈہ تل چانے میہ سر
"چشمِ رحمت بکشا سوی من انداز نظر
اے قریشی لقبی ہاشمی و مطلبی"

چُھم خداشاہد تہٕ چھُک بعد از خدا عالی مقام

چارٕ سو نوی کر غلام اَسی چانی یا خیر الانام

چانہِ سیتی کائناتُک یا نبی قائم نظام

"نخلِ شادابِ مدینہ ز تو ہر سبز مدام

تا شدہ شہرۂ آفاق بہ شیرین رطبی"

چون روےِ پاک موےِ عنبرین آسہِ دوہ تہٕ رات

فیض رحمت چون جاری ہیرہ بٕون در شش جہات

رحمتُک آبِ حیا تھا چاو لے یزداں صفات

"ما ہمہ تشنہ لبانیم و توئی آبِ حیات

لطف فرما کہ ز حد مے گذرد تشنہ لبی"

پانہٕ اگرُ قطرٕ در تن چون لولہ مس روزِ الست

اَنہٕ چھُو قطرہ تتی ادٕ تنہٕ چھہِ چانے لولہ مست

چانی عظمت گُذ خوٚد این نٔنی کوٚرُن نوٚو ہندو بست

"شبِ معراجِ عروجِ تو ز افلاک گذشت

بہ مقامیکہ رسیدی نرسد ہیچ نبی"

يانبيءَ ٽِل برس مُنٽ پوءِ ڇُهَسي تنها لدي دأدي

يا نبي بخشم شفا كرم عطا ٿُو زندگي

قدسي برونه برونه ميه نش توهه هيڇه ياد فري يهوءِ دوت

"سيّدي انتَ حبيبي وطبيبُ القلبي

آمده سوي تو قدسيؔ پي درمان طلبي"



# نعت

اے سیّدِ کونینؔ ژٕے پیغمبرن سرتاج

ژےٚ کٔن دِوان گے انبیاء عقیدتُک خراج

ووٚتھ یا نبیؐ قران ژٕۓ پیٹھ یوٚز بانہٕ ژٕے قران

قرآنکُے ژٕے رۄح، ژٕے قرآنکُے مزاج

پٔرِ پٔرِ درودٕ لولہ سان یا سیّد البشرؐ

پرتھ ذاتِ ذی حیات ژٕے دۄہ رات دوان باج

کمہِ چاوہ خالقن ژٕے کورُے بے مثال سال

نذرانہٕ دیت نے یا نبیؐ معراجہ کُے تھوٚد تاج

ملکن کھُلیوٚ قسمت لوٚبکھ فیضانِ نظر چون

پرُنورٕ گے چشمو وُچھک نورا شبِ معراج

ییٚلہِ عرشہِ دراکھ جانبِ "قوسین اَوْ اَدنیٰ"

شہپر ژٕھٹتھ گو یوٚیس فرشتہ جبرائیلنُک رخماج

لاہُوت کیا ہ، ناسوت کیا ہ، ملکوت کیا ہ، جبروت
بڻ ہنہ ہیرہِ گردا گرد چوئے ناو چوئے راج
یٰسٓین ڻہے، طاہا ڻہ، مدثرڻہ، مُزمّل!!
ڻہے رہنما، ڻہے منزلِ مقصود ڻہے منہاج
ڻہے حاصلِ کون و مکان، دوّن عالمن منز شوب
خلقن نہ ملکن مقتدا۔ پرنتھ جا یہ چوئے راج
ہنتھ چون اِسمِ پاک گژھاں نطُق سرفراز
سیدان لُوح دفعتن سرمستِ اِبتہاج
پرنتھ اُمتھاہ بیلہِ آسہ نتاں روزِ قیامت
بس تھاوہ چانہ رحمتک داماہ ساعئ لاج
گنہِ منز چھسے تنہا یہ چون دیوانہ گومت گیر
کر تم ہیتہ روشن یا نبیؐ تقدیرہ گے سراج

―――― ٥ ――――

# نعت

اِی وَنان آو پرتھ بنی اگواِی وَناٗنی یا رسول

چھُے نہٕ کانہہ سارے خدائی منز ژےٚ ثانی یا رسول

چانہِ بپنہٕ وُچھ آسمان بَرزمین نوٗرِ ازل

نوٗرِ حق سُے وُچھ زمین آسمانٕی یا رسول

چانہِ بپنہٕ سورے پہ کفرچ راتھ گہہ پوٚ عالمس

آکھ ہرسو نوٗرِ ایمان باگراٚنی یا رسول

چانہِ بپنہٕ بپنہٕ یاوٗنی پانے پےٚ بہ پےٚ اپزِ کی خوداے

شوٗر وٚ وٚتھ پوٚر اکھ خوداے لامکاٗنی یا رسول

دم بلب انسانیت بپنہٕ ژنڑ گییہ چانے بپنٕے

ژےٚ عطا کرُتھس حیاتِ جاودانی یا رسول

آدمس گوٚ کلمہٕ توحید چانے زیٚوِ کنہٕ

تا ابد سُے عالمس لادَن چھہ چاٗنی یا رسول

# چاڳني سيرت صاحبِ معراج، تفسير قرآن

پڙهنڌ ڪلاماه چون تصوير قرآني يارسول
اي شهِ لولاڪ ڇهڪ دون عالمن هندڙي مڏا
اڏه ونڌه بُتر آنه چاڳي حُڪم آني يارسول
ڇهڪ مدينس منظر بظاهر محو خواب اي نُورِ حق
ڇهڪ مگر مشهُود شاهد غار فاني يارسول
بي قراري ڇهم به وُڇهاگنبدِ خضرا اڇهو
ڇهس تو ي پهري پهرِ مدينس ڪُن ڇهاني يارسول
ڪاڇهه گه ناه گار اميه هيو ڪره نعت خاني چاڳني ڪياه
هٽه خه دايِن پانه هيتر چاڳني نعت خاني يارسول
خسته دِل تنها ڇه سي چاپنن غوم لامن هند غوم لام
پيمه ليٖن ڪرم نگاهِ مهربانی يارسول

─── ه ───

# معراج

اَز اَزَل یمہ رآژ اَز تام آیہِ در کون و مکان
تا ابد یتھِ رآژ پتہ یمہِ رآژ وُنہِ اِن بے گمان
تِم چھَ مآنِتھ تاجدآری اَے شبِ معراج چانۍ
اَنہٕ وَنہٕ رآژن چھَ یآری اَے شبِ معراج چانۍ
اوس رآژن کیاہ حصر ووٚد آسہ ہکھ نے ناز چون
اَے شبِ معراج عزّت بس یِمَن اعزاز چون
اَے شبِ معراج رآژن گژھ کلاہی چانہِ سیتی
سایہ تراوان شامہ یتھ از ماہ بہ ماہی چانہِ سیتی
یاے بوٗسی یھی گران ژھے حلقۂ لیل و نہار
گنت گران ژھیٚی اَے شبِ معراج دہہ دیوانہِ وار
اَے شبِ معراج مرسل تے بنی مشتاق ژھیٚی
اودِ نوہ ے چھُنے دلس منز ییتھ وُچھان آفاق ژھیٚی

اے شب معراج کوٗرمُت خالقن چون اِنتخاب

سپیٚز مہتٕر اَزلے مقُدّرٕ چاُنی عظمت لا جواب

صاحب معراج سندس طاُلبس مطلوٗب راتھ

اے شبَ معراج ژٕ ییٚتھا سُہ اکھ محبوٗب راتھ



# معراج

یہ معراجہ کے اہتمام اللہ اللہ
گران پانہٕ دے انتظام اللہ اللہ

مقیم آسی در خانۂ "اُمِّ ہانی"
محمدؐ فلک احتشام اللہ اللہ

حضورنؐ تونٔے وَوت جبریلؑ ووٚنکھ
خدایٕن دٕیوُتھ ہہ سلام اللہ اللہ

پیامِ خدا واتنا وِتھ بہ خدمت
کورُن عرض با اِحترام اللہ اللہ

وُتھو حضؐ چھ نُہ ہہ منتظر خالقِ کُل
بُراق ہیتھ بہ آسو غلام اللہ اللہ

یہ بوزِتھ رسولِ خدا جادہ پیما
سپٕدی سوی بیتُ الحرام اللہ اللہ

یتھے دڑای اَتہِ وآتی مسجدِ اقصیٰ

براقس دوٗیکھ کر قیام اللہ اللہ

ملک صف بہ صف آسی کران پیشو آئی

بصد شوق وصد احترام اللہ اللہ

زاقصیٰ ہنمازاہ پڑِتھ دڑای یامتھ

کوٗرکھ لامکان کن خرام اللہ اللہ

برا فلاک آسِکھ مُبارکؔ سلامت

کران انبیائے کرام اللہ اللہ

یُتھے سدرۃُ المنتہا واتی حضرت

اُتی ستھ پرن کوٗر مقام اللہ اللہ

برُاقس تہِ موٗ کلبو اَتی حدِ پرواز

کرُن پیوٗ اَتی ستَ مُقام اللہ اللہ

کھُستھ رفرفس ہیٗور کنٗ دراے تنہا

سیرِ عرش نیز لا ناعم اللہ اللہ

محمدؐ سپیدی زینتِ قاب قوسین
عروج لیشہ گو نمام اللہ اللہ

بہ قوسین طالب نہ مطلوب تنہا
سپیدی پانہ وآنی ہمکلام اللہ اللہ

ـــــــ ٥ ـــــــ

# انقلاب اندر شعور

حضرت موسیٰؑ کلیمِ باصفا
'لن ترانی' گوس طورس پیٹھ صدا

یِنوٗ خۄ دابن ابنِ مریمؑ آسمان
لامکانس منز سۄ محدودِ مکان

آیتن ییٚس پانہٕ تھاوِن کائنات
ییٚس جنابس حال باوان شش جہات

عرشِ پاکس اوس یمیٚ سُند انتظار
بوسہٕ ییٚس قدمن دِلس اوس بیقرار

زندگی یمیٚ سنز حیاتِ جاودان
پرینیتھ زمانس لازمان ولامکان

اِسمِ اقدس یُس محمدؐ مصطفیٰؐ
مرکزِ نورِ خودی ، نورِ خدا

سُے سراپا عشقِ ذاتِ ذوالجلال
مُرسلن پیغمبرن منز بے مِثال

چھُم خەداش آید سُہ نورِ ذاتِ حق
سر بسر نورِ شعورِ ذاتِ حق

بندۂ مولا، مگر مولاے کل
محرمِ اسرار، داناے سُبل

فخرِ موجودات سُے مولا صفات
تسُنْد پان اِنسانِ کامل کائنات

فخرِ آدم، آدمس غمخوار سُے
خالقس از لکھ تہ ابد کی بار سُے

تس چھ فخرِ نوعِ انسانی دپان
سُے گنُے اِنسانِ کامل درجہان

ابتدا سُے عالمس سُے اِنتہا
بس چھُ تنہا سُے بزرگ از خەدا

برزمین تس عرش اعلاس پیٹھ قدم
ناوتمی سند زینتِ لوح و قلم

کیاہ مکان کیاہ لامکان تس بے حدود
راتھ دوہ یکساں مَتس غیب وشہود

تا ابد آفاق تس زیرِ نگین
گہہ زمینک گہہ سُہ قو ییُنک مکین

از شعورست اینکہ گوئی نزد و دُور
"چیست معراج انقلاب اندر شعور"

# حدیثِ ثقلین

کرٕ نہٕ بے وحیٔ خوٗد ازٕ نہٕ ساٰنی بینیٚن کانٛہہ کتھاہ

اَتھ کلامُ اللہ چھُ شاہد، اَتھ چھُ "ماینطق" گواہ

دوٚن سٕہ تنِ اکھ دوٚہ بحکمِ رب کرٕن عالیجناب

بعد حمدِ حق تعالیٰ اُمّتس کُن نوٚے خطاب

چیز جوٗرہ ترٲوِی موٚ تہٕ نہٕ منز چھِ یم اَثرِ بے بہا

اِقتدا کرِیٔ زِیوٚکھ دوٚشونی چھُو یمے تو ہٕہ مُقتدا

چیز جوٗرہ چھو اِمے پیش معرضِ اظہار میٲنی

اکھ کلام اللہ تہٕ بیٚیہ چھو عترتِ اطہار میٲنی

یٚمی تمسُّک کوٚر یمن دوٚشونی چھُس حاصل نجات

یس نجات حاصل سپُد تس میٚول مقصودِ حیات

لازم و ملزوم دوٚشوٕے ہاوِ نو راہِ ہُدیٰ

تا قیامت یانہٕ وانی سپدن نہٕ یم ہرگز جُدا

کوڑ یہ فہرماوہ نو اتمامِ حجتّ اُمتّش

ہوو ہکہ ربناہ خہ داین بخش تہ ہندِس عترتش

صورت قرآن ہادی، عترت خیر الانامؐ

عترتکُ مطلب چُہ واضح اہلِ بیتِ ذُوالکرام

ہای آخر ووت سُہ تہِ دوراہ گذرِنہ ماہ و سال

رحمۃً للعالمین اوس کوڑمُنت ارتحال

دڑای کینہ سرکردہ مُشرا فِہ سُہ فرمانِ حضورؐ

رنجہ ناوِکہ اہلِ بیت درکربلا ویہہ بے قصور

———— ٥ ————

# علی علیہ السّلام

عالی علیؑ اعلیٰ علیؑ صدر العلا علیؑ
والی علیؑ اولیٰ علیؑ روح ولا علیؑ

نورِ نبیؐ، نورِ علیؑ دو شوئے جہرا کے نور
نورِ نبیؐ، نور خدا، نور خدا علیؑ

کانِ حیا علیؑ شمس جانِ وفادیان
عدلگ نہ پیزدک رہنما، صلِّ علیٰ علیؑ

علم دک مدینہ مصطفےؐ، زومیوں انس فدا
بابِ مدینۂ علومِ باصفا علیؑ

پڑا گاش اللہ کے علیؑ واللہ علیؑ آید
بتراتہ ابتدا علیؑ بس انتہا علیؑ

اول علیؑ آخر علیؑ ہردم علیؑ علیؑ
ظاہر علیؑ باطن علیؑ وجھ کرنہ یا علیؑ

مُنعم علیؑ ہردم تُسند فیضان چھُ جاری
بحرِ عطاہ مخزنِ جود و سخا علیؑ

دِیِنس مدد علیؑ علیؑ پانے چھُ دینِ حق
قرآنِ ناطق ایلیا، قرآن سرا علیؑ

یِم مُتّقی، یِم پارسا، مولا علیؑ مِتن
زانن تِمے، عین الیقین چھُ مرتضا علیؑ

اَتھ کیاہ چھُ شک دلاوری تِمۍ سنز چھے بےمثل
شیرِ خُداہ تاجدارِ لافتیٰ علیؑ

بِیِن تہٕ دِلین مُشکلن آو گوڈہٕ پیٹھے بکار
معجز نما، حاجت روا، مشکل کشا علیؑ

تھٕر ڈوکھ علیؑ مسکینَن، ہمدرد ییٖمن
غمخوار اسیرنِ علیؑ حاجت روا علیؑ

النظرُ علیؑ وجہِ علی، عینِ عبادت
ذکرِ علیؑ، عبادتِ حق، حق نما علیؑ

رہبر شیہ چھم علیؑ، علیؑ صراطِ مستقیم
گنبدِ منبر روشن رزون زن نجم الہدیٰ علیؑ

نامِ علیؑ ہے شیرِ خدا تھا خدا گواہ
ہم نامِ خدا ہیں علی، نامِ خدا علیؑ

---

# شہیدِ اعظمؑ

یُسند احسان آسہِ چھُ ہر دم
وُڈان دلن منز یَسُند پرچم
چھُ ناو بوزِتھ یسند پریتھ کانہہ
گران تعظیمہ سان سَر خم
حُسینؑ سُے گو سہ رحمتک یم
شہیدِ اعظمؑ شہیدِ اعظم

یَسُند عزمِ صمیم تنہا
چھُ خالقِ انقلابِ عالم
یَسُنز امامت چھِ کائنا تس
دِوان درسِ بقائیِ باہم
یَسُنز شہادت عروجِ آدم
شہیدِ اعظم، شہیدِ اعظمؑ

یسنڈی رتن لاالہ سگہ نوو
یسندہ سیتی ازتہ دین محکم
فداکرُنی ژاری ژاری دیس
گبرتہ دِل دار باٹی کم کم
وداں تتنے کربلا چھُ پے ہم
شہیدِ اعظم ہا شہید اعظم

دیان اوس یس حسین منّی
جنابِ پیغمبر مکرّم
دِواں ہٹس بوسہ یس دیاں آہ
یمس یزیدِ پلید ماریم
گُنُے یہ آسیم امامِ عالم
شہیدِ اعظم ہا شہید اعظم

یمس کوٗرُکھ خاندان واٗران
سنتم گروٗشتھ دٗ ہاٗ نہ محرم

یَسندِہ سیتیِ اَزتہِ دین باقی
چھُ تسُئ اکےٚ زیٖوہِ وتان عالم

حُسین سبطِ رسول اکرمؐ
شہید اعظم، شہیدِ اعظم

ـــــــ ٥ ـــــــ

# ستمِ محرم

ستمہِ محرم وونٛ بیلہٕ کوٚر ظالمو ظُلماہ عظیم
کوٚرکھ مینٛھ ظُلماہ، غضبی پانس کوٚرکھ ربِّ رحیم

ژٹکھہ ہے ہے اہلِ بیتن ترٛیش زِ آنتھ یم چھہ پڑھی
پہرہ دِتھ نہر فرانس رُودی ظالِم آنتھہٕ رژھی

نارہ برِ بہہ گنٛڈ میٛتر زمینس تاپھ تنہٕ آسمانہ اوس
بس گلکھ آبس وو ہنان، سُے مثلِ آتش خانہ اوس

نار فضہ ہس اوس لوگمُت، آسمان اوس شعلہ بار
کربلا پیٛچ سکھ بنے میٛتر آس بِہاے زن بسُرہ نار

ہای اَتھی منز ظالمو آل رسولن رو ٹکھہ آب
ووٚتھ صدائے العطش خیمن اندر پیوٚ اضطراب

اَندہٕ وَند چھل دِل کران اَتھی آبہ بے تراتھ آس
اَندہٕ وَند سا آراب پڑتھ انسان پڑتھ رُوداتھ آس

ہائے لیکن اہلِ یقین کلمہ گویو آب روٗٹ
ہائے اِنصاف نہٕ اخلاق اچھِن گو گاش گوٹ

اہلِ یقین کوٚفیو افسوس روٗٹ آبِ رواں
وادریغا برزمین اَمہ ظُلمہ کِنہٕ پیو آسمان

تشنہ لب تھٔو کوٚفیو افسوس دِلبندِ رسولؐ
شاہِ دین، ابنِ شہِ مَردانؑ، فرزندِ بتولؑ

ترٛیشہ دادے وُٹھ پھٹان آسیؑ ہائے اَبناءِ نبیؐ
ترٛیشہ دادے مُضطرب معصوم اولادِ علیؑ

ہائے تہنٛزٕ زولنم دِل کربلاہکی ترٛیشہ دادیؑ
بُس فرُن اَسہ تھوٚو یزیٚد بنیہ تندی ابنِ زیادیؑ

٥

# نوروز آو پھُلی لالہ زار

طالع میٖنہ چھُم بیدار اَز
گامُت سۄرُخ رُو اَمار اَز
آمُت دِلس قرار اَز
فِضا چھُ مُشکبار اَز
بہار رِہیو بہار اَز
گبوال پربتھ آبشار اَز
وُزال چھِ شاخسار اَز

ہیتھ خوش خبر پھیراں بہار
نوروز آو پھُلی لالہ زار

بُتراتھ کآزاہ خوش نما
اَسہ وِنی زمین، اَسہ وُن فضا
عنبر فِشان موجِ صبا

تلی بُلبلو کیاہ نغمہ ہا !
گُل چھکھ دِ بان صد مرحبا
و وہ لہ ساز نل رژہ نہ مُطربا
رژہ نہ ان چھُیئے کینہٗ سا آفیا

ہیتھ خوش خبر پھیراں بہار
نوروز آو پھُلِ لالہ زار

پریتھ طرفہ شور دِل فزا
صلِّ علیٰ، صلِّ علیٰ
اَز ی گو مُقرر مُقتدا
نفسِ رسولؐ دو سرا
یعنی علیِؑ مرتضیٰ
دوِن دُنی ہِنٛد پیشوا
مولاے کل مشکل کُشا

ہیتھ خوش خبر پھیراں بہار
نوروز آو پھُلِ لالہ زار

---

# روزہٕ عید

لول ییٚمۍ بوٚرر روزٕ نیٚ تس روزہ دارس آیہٕ عید
یول ییٚمۍ دینِ خوٗدا، تس دیندارس آیہٕ عید

کوٚنچھ ییٚمۍ پرنچھ کانٛسہِ رُنت ییٚمۍ کوٚرزِ پرنچھ کانٛسہِ سیٚنۍ
نورِ حق ییٚس بیوٚ دِلس، تس دِل ہُشارس آیہٕ عید

عید چھےٚ تس بوچھہ ہنٛن ییٚمۍ ہٕور عکتھی زنیٚتھ بوٚرُن
نیٚتھ ننٛن ییٚمۍ کور دوٚلت تس بخت وارس آیہٕ عید

ییٚمۍ یتیمن تھوٚد نلۍ، غریبن روٗد یُس اَتھ روٚٹ کران
تس پتس انسانٕ بیٚنہ کِس غمگسارس آیہٕ عید

ہاوِ دیٚیۍ بر حق ییٚنٛ ییٚمۍ زون قرآنِ مجید
مون ییٚمۍ فرمانِ حق تس رستگارس آیہٕ عید

فکرِ ییٚس توٚر قلبِ مومن عرشہ کھو نہٕ کوتاہ چھہ تھوٚد
شاد کرِ ییٚمۍ اہلِ دِل تس دِل ہُشارس آیہٕ عید

یم رِژر کا پچھان بانس کرِ رِژر پرِتھ کانٛسہ سیتیٖ

مۆمنس پتہٕ رِژرہ کِس آئینہ دارس آیہٕ عید

ینوٗ اچھو سیتیٖ کدِٹھ ییمی کوٚنڈ ہمسایس کھوٚرس

باغ جبرُ الناسہٕ کس پتہٕ گلعذارس آیہ عید

بس دیس کُن سجدہ دِتھ ایاکَ نعبد فِکرہ توٚر

پےٚ لتُن ییمی لوٚب پتہٕ تس طاعت گذارس آیہٕ عید

رُو دیتھ گوہ بنابِن خہ دایس کھوٚژیس تنہا نِس !

گرِ مُبارک، حق چھُ تس پرہیزگارس آیہٕ عید

—— ० ——

غمو دادلو، دہ گھو وزہ نوو تنہا
طوفانو عجادی ثو ازموو تنہا
تمس پشی یتی ڈچی زہ تہ تیتی مشکل
مزازن یوز دہ ہے اسر نوو تنہا

نَظَرُ ٿِئي سِنڌ دَسَ شَبنَمي تَراوٽ
ته ڏُٺڙ کمجار زان سونٿن دوال ٿيھ
قلم ٿا وان ھلم پڙي پڙي صحيفن
انھن پر ڪٿھ ڪٿھن بلبل ونڈال رٿھ

# غزل

رٕوٚچھُس پۆلُس بہٕ لۄلہٕ منٛز انقلابو  
بہٕ ہیچھہٕ نۄوُس یکُن دادبوٚ، دۄہ لابو

شعوٗرس تھآوٕنم لادن جنونَن  
جنوٗن برٕ ورٕ کوٚرن پینو نِصابو

تھٔجکُن لایق متاعِ زندگی چھُم  
دِلس ہیم چھُوہ کھدِتم غمنہٕ کبوقہ لابو

وُچھنہٕ پراگاش چھُ نوٚی گُلشنس منٛز  
نۄ ہرُ سَر آدبہٕ سال بۄن کُن گۄلابو

حقیقتہٕ سٕگُ ژٕہ آگرُ ژھانٛڈ یانے  
وَنِ کیٚاہ فلسفی ووٚلمُت کتابو

یتھےُ پرٕژ ھمکھ بساطاہ آدمس کیٚاہ  
تِتھےُ اَسُناہ کرِھ دِژٕ ہیچھ حبابوَ

نقابِ حُسن فتنن نبۂ در پا وان
وُزٕ وی تیلہِ فتنہٕ کتھہ أزی کہو نقابو
سبٕھا ہاسہ ادب کوٚر میٚون پردٕ ہو
مگر ہینہو اُوٚسُن فرہٕ وِنہ سرابو
چھُ مذہب ناگہِ راد آبِ حیا تگ
زٕ ہر مِلہِ وُس ملو گور وٕ تہٕ پا بو
زٕ مأنج گرأی، ہوٕ، ہچ ترای ڈیشتھ
ہٕرٕ متھ دِیُن قدم راجو، نوابو
چھُ بدٕ آنکار رأی، اِنکار کیاہ گو
دوٚ ہے مودُس ییمو چانہو جوابو
چھُ زٕینتھ لول نہٕ پانے خفیتھ
وٕ تُم تأثیر ہینہو لولہ خابو
نٕشان چھُس نتہٕ حسابُک ناو بوزِنہ
مہٕ بر وُنٹھے ییتھ اوٚنٕم بتہِ کہو حسابو

نظر چھَم بس ووہ چاٲنس رحمتس کُن
ژُلِتھ گوٚ نہٕ ہیٚن آنٛدر لو بسُ ثوابَ

کرتھ کٲمانٛہٕ پھیرتہٕ مارتہٕ تھہرتہٕ تنھا
پگاہ دُنی تو دِیو کیٚاہ سُبھ جبا بوَ



# غزل

یُس وچھتھ وۄتھ لالہ نارس، تتھ امارس ونۍ زِ کیاہ

ہوش اَنہِ یُس گاٹہ جارس، تتھ اشارس ونۍ زِ کیاہ

نارٕ نے شہکارِ عشقُک وُچھ نہٕ اوّن یس انقلاب

گُل فُولتھ آے شعلہ زارس، لولہٕ نارس ونۍ زِ کیاہ

کیاہ وَنٕ تتھ کاروانس، آسہِ یتھ حاصل غُبار

یادٕ گرِتھ ییتہٕ رُشتماکانہہ، تتھ غُبارس ونۍ زِ کیاہ

چھُ انا الحق اکھ بہانہ زندگی ہند ناوٕ نُک

زندٕہ تھوٚو منصُور دارَن، وننہٕ دارس ونۍ زِ کیاہ

یارٕ روٚس آدم چھُ یِرہٕ ژھیون، یارٕ روٚس شعبان نہٕ کانہہ

کرٕ سلام نانۍ یارن، جانۍ یارس ونۍ زِ کیاہ

چھُم کران اقرار وُنۍ، اِنکار وُنۍ، وٚلہ زٕ پُھران

چھُے نگاران خۆشی یُتھے آسان نِگارس ونۍ زِ کیاہ

کل مَنٛ مخمور چشمن ہُنٛز خُماراہ، پوشہِ مۆت
پوشرُون رنگیں خماراہ، تتھ خمارس فٔنہ زِہ کیاہ
باگرُن ہیوٚت ساقین مے پانہٕ سے خانس اندر
دوٗرِہ ییمہِ دوٚپ یُس یُسہ ہم، نابکارس فٔنہ زِہ کیاہ
چھُم حرم آرام گو مُت ییٚنہٕ دِلس لۆ دوٗم قرار
دِیہ قراراہ ییٚس دِلس تَس دِل قرارس فٔنہ زِہ کیاہ
ییوٚ بہاراہ ییتھ گُلن مَنٛز بُوٚٹھ گو اَسُناہ کرِتھ!
ییٚس دِلس پھولہِ ناوِہ تیٚہنا، تتھ بہارس فٔنہ زِہ کیاہ

———— ہ ————

# غزل

شامہٕ ژھائے لوٚنت لوٚتُے وٕژھ زوٗن آ زڈل چھاوہٕ نے

آیہ مانہٕ ژوٗرہٕ ژوٗرے گگرہٕ بَل تن ناوہٕ نے

بس ہین محرم ڈلک دِل، یا شبستانٕچ فِضا

لگی نِمے سِر، زونہٕ از بیہوش کنٔ ژٕلی باوہٕ نے

آیہٕ کٔژ ہل أس گامژ نو تہ دل کیاہ دوٚرکوٚرن

چاوہ گٔہندے واولگمُت شانہ بَس الراوہ نے

پاک دِل بیہوش کیاہ دامانہ ما أدرِیوٗس زٕ نہٕ

موٚختہ ڈٔشتھ زن غنی لوٚگ مُرٕدنتھ أنتھ ماوہٕ نے

منز نشاطس رٕونہٕ یا متھ موٚختہ دامن وُچھ گلن

رشکہ سِتی لجٕ تارکن ہیٚندی فوطہٕ ہِلی چھکراوہ نے

اوٚرہٕ ییم واتان چھ ذٔی منٕزن گژھتی بزی منٕزی کباب

یوٚرہ نیران واوڈلہٕ گے برونٔہٕ متن شہلاوہ نے

خاص و عام منزٕ زہٕ نہٕ ژھکھ سخنور مونمُت !

غیٚرِ نٕچ کہہ وُٹ ییہ ہردم سوٚخن یہ کھاوہ نے

٥

# غزل

آرام بالہ یاران کوڑنم حرام وبسوئے

چو وُس پہ ہر نہ چشمو نتمُ لولہ جام و ئیسوئے

ان زان تے آوارے

اوسُس نہ کمہ امارے

چشمن ہندسے اِشارے

کرئنم سلام و ئیسیئے

آرام بالہ یاران کوڑنم حرام و ئیسیئے

چو وُس پہ ہر نہ چشمو نتمُ لولہ جام و ئیسیئے

اُکہ رانْ رنہ گوشوارے

زن صبحہ کی سِتارے

رشہ ے لوزہ کُے نظارے

مارہ تمام و ئیسیئے

آرام بالہ یارن کوٗرنم حرام وٕیشیے
چوٗوُس بہ ہارٕ ہٕ چشمو تمیٕ لولہ جام وٕیشیے

کوٗرنم دِلس قبائے
وولنس بہٕ لولہ ززالے
گوٗس کو کلن حوالے
سپدُس بہٕ رام وٕیشیے
آرام بالہ یارن کوٗرنم حرام وٕیشیے
چوٗوُس بہ ہارٕ ہٕ چشمو تمیٕ لولہ جام وٕیشیے

بلُبل سُہ لولہ دلبر
پنجرس اندر چھُہ ابتر
گوٗمُت برے گِل تر
چھُمنک کِمام وٕیشیے
آرام بالہ یارن کوٗرنم حرام وٕیشیے
چوٗوُس بہ ہارٕ ہٕ چشمو تمیٕ لولہ جام وٕیشیے

گومُت گو ناہ ثوابس
کنڈِنے اندر عذابَس
پنزِہ ہیے یتھس گوہ لابس
برسر مقام وٕسیئے
آرم بالہٕ یارن کوٚرنم حرام وٕسیئے
چھوٗس بہٕ ہرنہٕ چشمو تمٕی لولہٕ جام وٕسیئے
وٕسیئے یہ پرٛون گاماہ
کیتھُسپدِہ ہوٚل پنہ خاماہ
ییٚنہٕ شوب پنٕہ چھہ پاماہ
پامن چھِہ نام وٕسیئے
آرم بالہٕ یارن کوٚرنم حرام وٕسیئے
چھوٗس بہٕ ہرنہٕ چشمو تمٕی لولہٕ جام وٕسیئے
خامس دپاں چھِہ پوٚہ ختنے
فوطس دپاں چھِہ موہ ختنے

گاش یتھ پیٚوٚمُت چُھ خوٗفتے
یَتہِ کُے عوام وٚ یشیٚے

آرام بالہٕ یارن کوٚرنم حرام وٚ یشیٚے
چوٚ وُس بہ ہرنہٕ چشمو نمیٚ لولہٕ جام وٚ یشیٚے

یارِ تھ قباتہ دستار
قومس کراں چھہٕ لُرہ پار
دینس کراں چھہٕ بارار
یَتہِ کی امام وٚ یشیٚے

آرام بالہٕ یارن کوٚرنم حرام وٚ یشیٚے
چو وُس بہ ہرنہٕ چشمو تہِمیٚ لولہٕ جام وٚ یشیٚے

مذہب کنان چھہٕ مارَن
زیٚوہ سنتی خوٗ دا چھہٕ تھارن
دِلہٕ منٛز بمان چھہٕ دیارن
نفسٕکی غلام وٚ یشیٚے

آرام بالہ یارن کوٚرنم حرام ویسیٚئے
چوٗدُس بہ ہرنہٕ چشمو تمیٚ لولہٕ جام ویسیٚئے

ہوٚکھ ناو ننگرن وُچھ
کوٚج رنگ رنگرن وُچھ
گٔژ زوٚل بہ سنگرن وُچھ
منزِ بن چھُہ شام ویسیٚئے

آرام بالہ یارن کوٚرنم حرام ویسیٚئے
چوٗدُس بہ ہرنہٕ چشمو تمیٚ لولہٕ جام ویسیٚئے

یَنہٕ لوسی میانٔی ارمان
ییمہٕ شایہ ووہٕنی ژلن جان
نٔی پو نشہٕ وُچھ میہٕ اِنسان
باقی وُلام ویسیٚئے

آرام بالہ یارن کوٚرنم حرام ویسیٚئے
چوٗدُس بہ ہرنہٕ چشمو تمیٚ لولہٕ جام ویسیٚئے

یمہٕ گٹہٕ منٛزٕ ژھوٚل نیٖرو
گاشس ژھٕ پأرِی پھیٖرو
ییٚنہٕ لولہٕ چھی وۄن بیٖرو
کر انتظام وِسیٖئے

آرام بالہٕ یارن کوٚرُن حرام وسیٖئے
چھوٚوُس بہٕ ہرنہٕ چشموٚ تمئ لولہٕ جام وسیٖئے

تنہا چھُس دوٗرِ رٔوزِتھ
بیٛزاراں بہٕ نامہ سوٗزِتھ
کُنہہ ژارِ مانہ بوٗزِتھ
ہیٚوٗنُے کلام وسیٖئے

آرام بالہٕ یارن کوٚرُن حرام وسیٖئے
چھوٚوُس بہٕ ہرنہٕ چشموٚ تمئ لولہٕ جام وسیٖئے

---

یہ غزل چھُ ۱۹۵۵ ہس منٛز بمقام بیٖروہ لیکھنہٕ آمُت

# غزل

میہ چھا اِنکار عشقس گرِتھ گریبان تار تار آسُن
مگر حُسنس نہ پزِہ ہے قول لوٗگ پایدار آسُن

یُسند رُت جلوہ ماران شالہِ مارن لالہ زارن منز
تمس پانس تہ چھاوُن گوژھ بِہ سینٔے لالہ زار آسُن

بناوِتھ ہیم چمن کینہہ پھولِ تہ کینژن لوٗگ نہ زُ پھولہ نے
یمن زنہ ریمتن چمنن تہ ماگوژھ نہ تہ بہار آسُن

شکایژ چھم سۭتھاہ تِلہ چھم سۭتھاہ اوٗنۍ ہاہ رہ گراون ہُند
میہ کُن وُچھنس تہ کتھ کینہ بوزہ نس تہ گوژھ تیار آسُن

پھ گژھہ زوٗل او بر ہ گُے نالہ وٲلتھ بالن سنگرمالن
اوال ولی ڈالہ ماراں گوژھ سہ اسہ وُن نو بہار آسُن

بہ کیتھ آئین عاشق مارہ نُک ساما نہ سو مہر اوان
بہ کیتھ دستور معشوقو! گژھیو عاشق شکار آسُن

بہ کیٚتھ لولہٕ چھُ تنبہٕ لاوُن نہٕ اَبہٕ ناوُن تہٕ مُشراوُن

نہ گوٚژھ میٚیہِ انتظار آسُن نہ تس پانس قرار آسُن

لگے مخمور چشمن چھُے یمن مِلہٕ ژار خشمس سیتہ

یمن مس کھاسِنے گوٚژھ لولہٕ کےٚ خُمہٕ شوُن خمار آسُن

یکان اکہٕ پوشہ ٹھرہٕ کنہ بالہ یارن لولہٕ آلو دِیُت

یوٚہے آلو دوہے تہٕ دوہے گوٚژھ بار بار آسُن



# غزل

دلبرو یہ یاوُن وُنہ گوڑھ نہ راوُن

ژھیٔ سیتی چھاوُن چھُم نو بہار

کھسہ وُن یہ یاوُن چھُم اسہ ناوُن

وُنہ سگہ ناوُن لولہ گلُ زار

حورے لِلہ وُن نار چھُم موُرے

ژوُل ہے وبہٕ یار ژوُرے

دوُرے روُژھ سوُر میشہ گورن

سوران آہے یاونُ تار

دلبرو یہ یاوُن وُنہ گوڑھ نہ راوُن

ژھیٔ سیتی چھاوُن چھُم نو بہار

کھسہ وُن یہ یاوُن چھُم اسہ ناوُن

وُنہ سگہ ناوُن لولہ گلُ زار

گٲلی گٲلی شہکی پأٹھی پان گولُم

مِنہ منز عشقُن نار ژولُم

تتھ شہر ویس پیٹھ پان زولُم

پولُم لوکُٹ قول و قرار

دلبرو یہ یاوُن وُنہِ گوژھ نہ راوُن

ژٕ ییتی سستی چھاوُن چھُم نو بہار

کھسہِ وُن یہ یاون چھم اکہِ ناوُن

وُنہِ سگہِ ناوُن لولہِ گل زار

لولہ سان بُلبُل تُنھِ درایے پوشن

خوش خوش پانہ و أنی تِم توشن

دُشمن چھِہ توشن چھی ولسنے روشن

روشہ روشہِ گوش دِتھ ژوٗلے یار

دلبرو یہ یاوُن وُنہِ گوژھ نہ راوُن

ژٕ ییتی سستی چھاوُن چھُم نو بہار

کھسہِ دُن یہِ یاوُن چھُم اسہِ ناوُن

دُنہِ سگہِ ناوُن لولہِ گل زار

وسیٔ لولہِ مس دامہِ چوِ وَن

اسہِ رسہِ تمیٔ جسہِ وسہِ روِ وَن

وَنہِ کس بے بس وَتہ پیٹھ ترہ وَن

دَن تم کس گوم ذیٔشی دل دار

دلبرو یہِ یاوُن دُنہِ گوژہ ہنہِ راوُن

ژیٔشی سینہِ چھاوُن چھُم نو بہار

کھسہِ دُن یہِ یاوُن چھُم اسہِ ناوُن

دُنہِ سگہِ ناوُن لولہِ گلزار

رخے لس مہتاب بوٗ نے تمیٔ سنز گلاب

گمہ لس تارکھ، ڈکہِ آفتاب

ابرو محراب چشمہ جام شراب

زُم زُم زُلفکی چھس شہمار

دِلبرو یہ یاوُن وُنہٕ گوٚژھہٕ راوُن

ژٕہیٕ سینتھ چھاوُن چھُم نو بہار

کھسہٕ وُن یہ یاوُن چھُم آسہٕ ناوُن

وُنہٕ سگہٕ ناوُن لولہٕ گُل نار

میانہٕ زٕیوٕہ وسیٔ وَن بالہٕ یارس

لٔلہٕ وُن تھووٕم خار جگرس

وارٕہ وارٕہ ونتس پوٚہ گوم ہارس

بلبل بہارس چھُم انتظار

دِلبرو یہ یاوُن وُنہٕ گوٚژھہٕ راوُن

ژٕہیٕ سینتھ چھاوُن چھُم نٔو بہار

کھسہٕ وُن یہ یاوُن چھُم آسہٕ ناوُن

وُنہٕ سگہٕ ناوُن لولہٕ گل نار

وسیٔ سُہ خوش پوش یٔبرِگ سر پوش

گوشن بیوٚٹھُم ژٕٹی تھےٚ بوشس

مدہوش چشمو ہوش میشہ ییوٚ نم

پوشہ موٚنت روشہِ دِیہ نا دیدار

دلبرو یہِ یاوُن وُنہِ گوژھ نہٕ راوُن

ژٕ شیٖچ سیٖتئ چھاوُن چھُم نو بہار

کھسہٕ وُن یہِ یاوُن چھُم اَسہٕ ناوُن

وُنہِ سگہِ ناوُن لولہِ گلُ زار

لسَ کوَرے یوٚت تاب دِل کوٚر زِنم کباب

بے تاب دل چھُم زن سیماب

شیٖشچھ میانہِ ہیٚس جواب وسی نے بے حباب

چشمو ہا ران چھس بے شار

دلبرو یہِ یاوُن وُنہِ گوژھ نہٕ راوُن

ژٕ شیٖچ سیٖتئ چھاوُن چھُم نو بہار

کھسہٕ وُن یہِ یاوُن چھُم اَسہٕ ناوُن

وُنہِ سگہِ ناوُن لولہِ گلُ زار

حُسنہ کِس تاجَس لال بہ مَرہ ہَس
تنھا سُورہٗ نوز پرہ ہَس
اَشِہ چے چونہ رقہ بِہ داہِنس جرہ ہس
گوہر قدمن کرہ ہس نِثار

دلبرو یہ یاوُن وُنہ گوڑھ بِہ راوُن
ژیتی سیتی چھاوُن چھم نوبہار
کھسِہ وُن بہ یاوُن چھُم اَسہ ناوُن
وُنِہ سگہ ناوُن لوِ لہ گُل نزار



# غزل

کامہ دِیو ازٕ ژاو باغس چاوِدا ماہ ساقیا!
ازٕ چھُ زن میخانہٕ گلشن، گُل چھُ جاماہ ساقیا

جوش میخانن چھُ آمُت، بوش روٗٹ پیمانہٕ وے
کُسٕ نٕمی نٕمی کران میناسلاماہ ساقیا

دچھ پھلین ہنٛد رتہ وُچھتھ ہسرے لگ پیمانے
کیاہ میہٕ چھکھ پلہٕ نال چیتیہٕ کنٛہ ہتھ جراماہ ساقیا

وعدہ کرتم مارہٕ ہم ما، ساقیا ونہ ہے کتھاہ
وعدہ پھُٹرتھ پیہ ختہ اِستھ دراکھ خاماہ ساقیا

واجی نادِ وعدہ کوٚل زٕٹتھ کنہٕ بال فرہادن مگر
ونہٕ کیٚمی تھوٗ پانٛی پانس کرِتھ پاماہ ساقیا

تاج پوشن ہُند کنڈن کیاہ، بُلبلن کیاہ لارہ لار
بدلہٕ نادٕ وستور چمنگ تھوتہٕ ناماہ ساقیا

ووٚٹھ تُلِتھ کھوٚت تہٕ جنے پیٹھہٕ ژھوٚٹھ سمندر کھوٚل گوٚمُت
کم گژھیا سِنزِس بہتھ موٚ خنک کِما ماہ سأ بقا

سوز بیٚنداژُن میٚشہ بوز یوَہ تال یِمَن قصرن اَندر
دِنہٕ نظر ازٕ نتہٕ چھَنُنے نوٚٹ نے حماماسٔ قبا

بُلبُلس عنبی بہتھ تَنہا گُل وُچھتھ فکرن اَندر
آسِہ ووٚنی یتھ گُلشنس منز کیٚتھ نظِاماہ سأ فنا



# غزل

موریس چائی آمارین تاٹھِ یارو چائی دریے
سوار کوریم لولِ نارَن، گُل عذارو چائی دریے

چائی دریے ہو وُم اوے چھکھ میون رُوڑیے جان ڈیے
روزِ مے منظور کرِہ ہیے رُونشارو، چائی دریے

پھیرہ تے سارِس جہانس ونہ کمہ وانے بَلے
دودچونے بَس سنتِھ گوجادی گارو چائی دریے

عارہ رُنز ھنیو مارہ کور ھقس پرارہ کوتاہ کال فوہ نی
راتھ دوہ چھم بے قراری، دِل قرارو چائی دریے

ژالہ ژالے خونِ دِل ہاراں پہ چھُس چشمو دفہ ہس
راتنے گنزراں سِتارو، ماہ پارو چائی دریے

پوشِہ لُولَو، بُلبلو، دیدر بوتہ کوستور بو، جلو
دردہ سوزک گریز تلکھ، گے گُل ہشارو چائی دریے

ٹیکہ ٹنیو ورِ کیمو کو رساز پاٹس نازہ سان
مَسو لو، ئینبرزَ لو روٗٹ سُے اِشار وچاؔنی دڑے

بُلبلو ہیوٗت ساز لو لکُ ہی تھرن پیٹھ والیُنے
زوٗل کوٗر پوشو دَبان آمُنت بہار وچاؔنی دڑے

لئجُ فُلے کنڈین تہ میاٗسِ گلشنس دُ دون گوٗمنت
چانہ دادے ڈوٗد یہ گلشن ننیہار وچاؔنی دڑے

وژنی بیتم لالوگو لاکر پاٹھی دل ھیوہ راو تم
ٹاٹھ یارو میوٗن ژیے تنہا بہار وچاؔنی دڑے

———— ٥ ————

# غزل

ژیہ یَنہ ژھل کری تھہ ینو تھم دِل نِگارو
میٹہ پیٹی کم کُدڑی منزل نِگارو

میٹہ مُشی راوِتھ ژہ بیو ٹھکھ دُورہ پالس
دوں سپدکھ نا میٹہ کُن مائِل نِگارو

اکُے قدماہ، وَتھاہ زن ساسِہ وڑی تچ
یٔیئے وَتھ چھم ژیہ تاں حائِل نِگارو

میٹہ لاجے ساحِلس کُن ناو یا متھ
سَمَندر گو میٹہ کِیٹ ساحِل نِگارو

ڈوہ لاں کم پِتی، کراں کم کھورہ وقتس
سِتمگر، سِفلہ تے، جاہِل نِگارو

یہ ہاممک آے، دانِنگ دائے ڈلیتھ
چھہ اَتھہ موُران وی طپنچ گِل نِگارو

نظر تھاوٗنی چھہ لاَزِم بے ضمیرن
ییمے ساَنی بے سِلاح قاتِل نِگارو

گبوِ وکیاہ بأتھ أسی وصل و فِراقکی
کأشیرے دِل گومُت بِسمل نِگارو

زٕمیناہ پراَنی ہ بوٗہ امنا نہ غزِلاہ
ییتھے غزلکٕ بہ چھُس قأیل نِگارو

کرَو وطنیچ کتھاہ تنہاَ بیتم ووہ نی
بیتم ہمتہ لاگتم غاَفِل نِگارو

---

# غزل

باغوانن اول یاں زوتُم میشہ آسیم سَستھ پہنز
گگی تیمے پینہ بڑگ کڑی کڑی واؤر بہہ جمکاوِہ نے

پوشہ وارے نو بہار آہ آم دِل ھولہ روومَ
خوش نوا گوستوری تے بُلبُل اَنِن گُل چھاوِہ نے

زھایہ زھائے نمُی نمی سُنی ژور زَن بِمہ نے پَتتے
ژاے ژِنہ ماگر دپان دوٗ دُمت جگر شیشہلاوِہ نے

ہیتمِہ پہرَے موہ ختنہ ہَلماہ پرینچہ گُلس بڑی بڑی وُچھنہ
آسماں لوگ تار کن ہِندی فوتہ پھُلی تھیکہ ناوِہ نے

(ناتمام) ———— ٥ ————

# غزل

کئمی دوٚپ رایہ رایہ پوٚک کلہٕ وال
کئمی ینو میخانہٕ لوٚٹھ مال

کئمی تُل کلہٕ نوٚد کس ڈوٚل کھور
کس ژھیٚون دوٚل، کئمی بد لوہ نال

اَنہِ گوٚٹ، طوفان، نٔزہ پھُٹ ہا آٚنز
ڈر چھُم ناو نٔ نہہ لگہِ تیا بال

خاب گوٚر تھم روے، کرہٕ ہا ووز
ژوٗرِہ ژوٗرِہ خابن چاہن سال

زٔرگیہِ نے بان ڈابر پھُٹ
گوٚل گوو بازیگر نوٚن گو جال

اوٚپ کیاہ، شُپ دراو یہٕ سے ڈکھ
یُپ آو شُپ وَوٚتھ تَل پاہتال

بیَنہٕ تنہٕ وٕقلن وُچھنم سِیوٗد
پانہٕ مہشانہِ یتہِ ما آسہِ کیٚنہٕ چال
دُپھ نِنھ کھوٚت کوٗنہٕ سویہِ للاہوت
ووٚتھ کنہُ بوٚن، کس ناعلی کو زال
کن تھٲکِ بوزان لاعٔل مجلوٗن
وَنہِ ناکانٕہ ناعگرِ ای ہیمال
خاعرٕ ہسان دادس وآعِتم جان
موٗرٕس یٔیمی سُے قاضیو، کوٗتوال
یوٗسفنہِ مایے مٔتر گبٕیہِ زوٚن
زوٗنہِ اوس یوسُف مُتر تَے مال
یارِ زٕہ لجٕھر پوشہِ پوٗزا
اَرٕتہ وِنہِ سونٔتے رُت پٕیوٚ فال
کیٚتھ حُسناہ نَش کیٚتھ خط وخال
بوزٕہا بہٕ تہِ پوٚز تھاو فلحال

نال بَدِلتھ کس لوٚگ ہٹہٖ چیپر
کس گو دامن مالا مال

رزِہ کنہہ شورِہ ارمانن پیٚون
کونڈِہ نےٚ کھسِہ پان مارِہ ناکرال

کھرآسے پانے پڈر دارۍ داٸۍ
کھارِہ وان گرۍ گیہ لاگنہٖ نال

دشمن کھوہِ وَٹہ کھٔنی تن کھوڈ
وٚچھی تن سیٚکھس کھسِہ مادال

آدمس دِل زن نلہٖ وَٹھ دوٚر
کنہِ سیتی باضے اتھہ گرِتھ وال

نِوہ سرہ دوٚپ تمہ نھاو میانی آتش
پرٲنی پاٹھی ہاوی نم بھتی تے بال

ژھلہٖ گوژ دلبر وہ ٔنی منہٖ ویوم
دٔہی رو ڈھٕم بیٚنہٖ ژوٚل دِتھ ڈال

وَنہ وَنہ بوزُم چھُ وسان کوہ

مانہ یلہِ وَنہ، وَنہ وسہ یا شہزال

کم ژٹ سُم گیٹیہِ کوہ لہِ کاۓ یتا

زوہ لہ پاۓ وتھ کس کنہہ پیرہ تال

نوۓ کتھ چھا کیثہہ گوڈہ پٹھہِ پکی

بہ نہ بیثیہ غاۓ تھ ناَلی نال

رنگہِ رنگہِ آس از پوش پھولی پھولہ

گوہ ڈیہ اکھ مہشرہ شرپی کم کم لال

مانہ آکھ وارہ پاۓ ٹھی زانہِ تنہا

موہ تہ کھوتہ سخ کاۓ سنہِ باوُن حال

—— ٥ ——

# غزل

لالو میٹھ چانے لولہ کی مے خانہ بناۓ وِم
سوراں نہ یمن مے رتے پیمانہ بناۓ وِم

بیلہ ڈوری ڈوری نہ ڈور گئیم حیاًنی درشن دار
کھنی کھنی دِلس آدہ نقش چانی جانانہ بناۓ وِم

ساتھا ہیتم شاہانہ پاٹھی جانانہ وَنے کیاہ
یتھ واتنسہ کم ساما نہ ژھیٹہ کتی بابہ بناۓ وِم

صد پارہ یہ دِل میون عجب عالماہ میتی ہیو
اَتھ عالمس کم خانہ میہ غم خانہ بناۓ وِم

لکہ لولہ لوس شیری مے ساما نہ جیا تکی
آدہ خونِ جگر دِتھ لوَنے آمانہ بناۓ وِم

جزی جزی میٹھ تھاوِس دم آمنس نزن شفقہ دوان لال
کوتاہ وُدِتھ موختہ کی یم دانہ بناۓ وِم

ہے بھنگہ محفل نزلی کپا رہ افسانہ دونن ولو
افسانہ نالاں کم اکنزی افسانہ بناۓ وِم

کتھہ بازِ وے شہبازوۄن گانٹھ تہٕ زینکھ باز

اَتھہٕ باز ترٛوۄم پوٚز میہ مابوٗ ہتاپہٕ بناوِم

تاپانِ وُچھم خوٗنِ وفا رنگہٕ مند ورن

سوٚچم میہ دِلکی سجدہ گہ وآرانہٕ بناوِم

موٚنگمس میہ کیاہ؟ کیاہ سوٚزُم بُتھی متیٚ وہ دآسی دِل

شیرِم تہٕ گرِم کعبہ کے آمانہٕ بناوِم

نیسان بنتھ وۄتھ میہ لاٗے بے واپہ سودریس منز

پان آلہ وُم قطرن تیٚمے دُر دانہ بناوِم

امہٕ چانہٕ حُسنک حال خط و خال ونہٕ نی

فرزانہٕ کم وخیتہ کی دیوانہٕ بناوِم

زولانہ ژٲڈ ہم یام کوٚرُم پان گرفتار

ہینٹے جبا لکی پانہ میہ زولانہٕ بناوِم

ہیٚیتھ گاہ جارس یدلہ میہ دیوانگی تنہا

ادہ ساسہ بدی دیوانہٕ کم فرزانہٕ بناوم

———— ٥ ————

# غزل

بیہتم ژٕ بیٚیہِ ساتھاہ چھُہ غنیمت یہ مُلاقاتھ
دِلدارہ! خہ داہ دٲنہ یہِ ماآسہِ پیٚتِم راتھ

ترٛوُتھ میٚہ کرٕن یامتھ ژٕ بیٚیہ نظرٕ زٕنو میٚہ کلیٖم
ویسہ ریوٗش منٛنتھ گاہم پیٚتِم شکوٕ شکایاتھ

أنٛدرِی میٚہ تارَن زیرِ لبُچم، سازٕ گو پرٕسون
ییٚنہٕ ماچھَہ چانے نظرِ ہٕنز خاموش کراماتھ

حالاتھ پرٕ ژھنس یاآری، نم چھاڈ تجہ زانہٕ روزان
گردش کھیوان حض، دم بدم گردش کھیوان حالاتھ

پھکہٕ ہے بہ وتن دِیار، میٚون احوال چھُے روشن
بس یژھُم کُنُے سرمایہِ تخیُّلُ نہٕ محاکاتھ

لولاہ بوزتھ بس تیٚمی ژٕ بیٚیہ دِیُتنے زخم دِل تنہا
کھیتھ زخم ژٕ یُتھ باز، تیٚمی راو یٚین اوقاتھ

(یہِ چھُ مرحومہ سُنٛد آخری غزل)

# ترانۂ وطن

یہ میون وطن یہ سون وطن

گل ریزتے گل پیرہن

بس ہو بہو فردوس زن

یہ سون منزلِ مُراد، زندہ باد، زندہ باد

یہ میون وطن یہ سون وطن

یہ سرزمینِ یاسمن

اہل وطن کم گلبدن

یہ سون منزلِ مُراد، زندہ باد، زندہ باد

یہ میون وطن یہ سون وطن

مالیُن چھُہ ہیہ تہ مسولن

ہیہ مسولن، ئینبرزلن

یہ سون منزلِ مُراد، زندہ باد، زندہ باد

یہ میٖون وطن یہِ سون وطن

پینہٕ نُے وطن چھُ بلبلن

قمرُن تہ کوستورِن جلن

یہ سون منزلِ مراد، زندہ باد، زندہ باد

یہ میٖون وطن یہِ سون وطن

جنت فدا یتھٕ کین گلن

یم زُو تہ جان بُلبلن

یہ سون منزلِ مراد، زندہ باد، زندہ باد

یہ میٖون وطن یہِ سون وطن

عنبر چھُ چھوٚکمت قد رتن

یتھٕ چین چھ بین یتھٕ چین وتن

یہ سون منزلِ مراد، زندہ باد، زندہ باد

یہِ میون وطن یہ سون وطن

رُت دوسناہ چھہ دوسنن

سَخ دُشمناہ چھُہ دُشمنن

یہ سون مَنزلِ مُراد، زندہ باد، زندہ باد

یہِ میون وطن یہ سون وطن

ییتہِ چھیں نیَن، مرگن، دُجن

میٔشتر وُچھتہٕ زن مُشکِ ختن

یہ سون منزلِ مُراد، زندہ باد، زندہ باد



# وطن میون

جانانہٕ نے منتر جان کیاہ جانانہٕ وطن میون

اکہ جلوہٕ کران عالمس دیوانہٕ وطن میون

وَنہ کیاہ وُلسِن تامَنتھ مینہ ہوی دیوانہٕ کرن کیتھ

ژھوہ یانی ماران یاوِس، مستانہٕ وطن میون

مرگن، نین، نیرن، ونِن منتر بالہٕ تھنگیو پیٹھے

بیتھ جلوہٕ حق کعبہ کے عنوانہٕ وطن میون

نالن وہنِضن پاں ژادِرن پھَموارہ نے دِتھ کن

بوزم تھبکان پر بیتھ قطرہ کیاہ دُردانہ وطن میون

بوزان آئی اَز تام بسُ تاریف بہشتیچ

سُے نقشہٕ سوے صُورتھ، تَمے اَمانہ وطن میون

کم رنگہ رنگے پوش ہیتھ گُلپوش بہارس

مدہوش کران بُلبلن بیر بیتھ آنہٕ وطن میون

فردوس کھوان خار وُچھنہ سانی چمن زار
بخشان خاکس جنتکی ساماہٕ وطن میون

چھار وچھنبو کھراشو ترٛو بیرو نہٕ ٹھبو بیٹھی
پھکران عنبر اَنبرو شاہا نہ وطن میون

یینہٕ نظرہ سیتی رِند چیوان معرفتک مے
مستی یوان چینےٚ چھ تیتھ میخانہٕ وطن میون

صاحب دلن دوہ راتھ ڈیوٹھ بے طلب بخشان
شہکار عشقنی حُسنہٕ کی افسانہ وطن میون

لِلہ ہُنٛد یہ مالیُن، نُندٕہ رِیشُن رنیروُنے باغ
سبزرُگ تہ پیٔزرُک دوستاہ، نَنہٕ وانہٕ وطن میون

واتان چھ ہرٛ دیام دوان جلوٕہ صد رنگ
ماوال دوہ ہے نو حسُن معشوقانہٕ وطن میون

ہیٛنھ پرارہٕ وُنی زیم مأشنزہ گلی باسان چنار نار
مشتاق ہمن مأشنزہ گلبن باہٕ وطن میون

سو نتھ آسہ یا آسن ہرُد، وندہ آسہ یار یتہ کول
دیوانہٕ کران عاقلن، فرزانہٕ وطن میثون

بے درد رقیبس چھُہ دِلس خام خیالاہ
نی زانہٕ بیٚنا، مہ نش ژھینا جانانہٕ وطن میثون

پریتھ، پرٕی محل، نشاط، ڈل، وُوٗلر گواہ!
مشہر عالمس تنھا فقط بڈٕ شانہٕ وطن میثون



# "وطن"

کاشرین آسن مُبارک کوشُر اخبارِ وطن

یِتھ وطن دارن مبارک تۆ وِ یہِ شہکارِ وطن

لولہٕ سۆدرس وطنہٕ کِس یامتھ خیالن لاے وۆٹھ

کھۆت القصس کیتھ ہیتھ شُہ دستی دُرِ شاہوارِ وَطن

کوشُر "اخبار وطن" ییمہِ دورہٕ گژھِ اکھ یادگار

کاشرِ ژیک قسمت بناوان آو معمارِ وطن

وَطنہٕ کِس ناوس خیالن نۆہ خیالے لول بۆر

ہیتھ قلم در دست شانَن ییتھ تلُن بارِ وطن

یِتھ وطن دارن چُھ رۆٹ مُرتن کانہہ نہ کانہہ کار اگر

کار گو کارِ وطن ہاشے کار در کارِ وَطن

کیاہ منگو یِہ دِپن احسر کیاہ بُلبلو کا غذی گُلَن

اسہ پَیَنہِ گُل پوشی تن، گلنار اسہ خارِ وطن

زٕبوٚ پٕنِنہِ دلبر خیالس ڈالہِ بیوٚ لس دِل پننٕ

خوٚنہٕ پٕنہٕ نے تتھ لیوٚکھُن تتھا طرفدارِ وطن

——— ٥ ———

# نغمہ (گیت)

بالہ یار کوٚنت گوم، نوبہار کوٚنت گوم
ترآوِتھ میثہ ژوٚلمے یاآلئے، ژھلِہ ژھلِہ انتن ساعٓیِئے

زاعٓجِ ہمَ ہنَ ہنَ، تن لولِہ نارن
زندگی کرٔہمَ وُ باعٓلئے، ژھلِہ ژھلِہ انتن ساعٓیِئے

صنابِہ میثہ ہی تن، کرٔہمَ مدٕن
ژوٚل مے ساعٓلن نہ ماعٓلن، ژوٚلمے ساعٓلن نہ ماعٓلن

بس کمی برٔی کن، کُنِہ وَتِہ انتَ
زوُجان تھاوس بہ آیتَن، زوُجان تھاوس بہ آیتَن

بیہ ناسُہ گلُبدن، موخنِہ چھکِہ ہس فرتَن
لال بہ نیمِہ ہس ڈالئے، ژھلِہ ژھلِہ انتن ساعٓیِئے

زاجِ ہمَ ہن ہن، تن لولِہ نارن
زندگی کرٔہم وُ باعٓلئے، ژھلِہ ژھلِہ انتن ساعٓیِئے

ژھلہ ژھلہ بالئے، زالہ بہ لاگجہ نس

لوٚت لوٚت لولہ نارہ زاگجہ نس، لوٚت لوٚت لولہ نارہ زاگجہ نس

یان ہینہ کھوٚٹنم، پامن بہ لاگجہ نس

شراوُن شین زن گاگجلس، شراون شین زن گاگجہ نس

کیاہ تان اٚسیس نہ کمہ مدہ واگجہ نس

حال میون کرتس حالئے، ژھلہ ژھلہ انتن سالئے

بالہ یار کوٚنہ گوم، نوبہار کوٚنہ گوم

نزاوِتھ میہ ژولمے بالئے، ژھلہ ژھلہ اَنتن سالئے

زاگجہ نم ہن ہن، تہ لولہ نارن

زندگی گرزم وبالئے، ژھلہ ژھلہ انتن سالئے

یَس بتہ دراس بہ قبیلہ کراے

کوس میہ آم اذ لِنہ لانے، کوس میہ آم اذ لِنہ لانے

سِنہ یس لولہ زنہ، دِ وُد میون زانے

سنگدل میانہ کیاہ کتھہ مانے، سنگدل میانہ کیاہ کتھہ مانے

یس پتہ بہ فلوا، راہِ نزایہ پرانے
سۄن چھ نالی نا لیئے، ژھلہِ ژھلہِ انتن سالیئے

بالہِ بار کوٚت گوم، نو بہار کوٚت گوم
ترآوِتھ میہ ژوٚلے بالیئے، ژھلہِ ژھلہِ انتن سالیئے

زاجی نم ہن ہن، تن لولہِ نارن
زندگی کرہم وُبالیئے۔ ژھلہِ ژھلہِ انتن سالیئے

ہیرہ بوٚن سۄ چھ گُل زلف تس سُنبُل
ہوشہِ ڈالی تمی کم بُلبُل، ہوشہِ ڈالی تمی کم بُلبُل

عارہ روٚژھ میہ ترآوتھ خارہ تھاوتھ زوٚل
ہول میہ کوٚرنم قولہ بینہ ڈوٚل، ہول میہ کوٚرنم قولہ بینہ ڈوٚل

تروونس بہ تنہا، سۄ کھنزرہ مایہ ووٚل
کمی سانیو ڈال ڈالیئے، ژھلہِ ژھلہِ انتن سالیئے

بالہِ یار کوٚت گوم، نو بہار کوٚت گوم
ترآوتھ میہ ژوٚلے بالیئے، ژھلہِ ژھلہِ انتن سالیئے

زاجی نم ہن ہن، تن لولہِ نارن
زندگی کرہم وُبالیئے، ژھلہِ ژھلہِ انتن سالیئے

---- ۵ ----

# کأشرِن ہِنٛد ترانہ

قدم تُلو ، تُلو قدم
چھہ سربلند سأنی علَم
کشیرِ ہُنٛد کھیوٚ قسم
تھکو نہٕ زنٛہہ یکو بدم
قدم تُلو ، تُلو قدم

سُہ میرِ کاروان دراو
بصد شکوہ و شان دراو
مجاہدا گریزان دراو
گمر گنڈتھ بہ شانِ جم
قدم تُلو ، تُلو قدم

وُنی وُنی وطن چھُ سون
یہ دِل رُبا چمن چھُ سون

یہ کوہ نہ بال یہ وَن چھُسون

یہ آب سون یم بہ یم

قدم تِلو ، تِلو قدم

دلاورو دوان پکو

طُفانہٕ نے ووٗل رُخ پھِرو

اَڈیون دِیہ تہ ستھ گژھِو

ڈکھس چھُ سُے یِہ ہُے مہ غم

قدم تِلو ، تِلو قدم

یہ سانی زمین چھِ آسمان

پرنتھ کو شراہ اتھ پاسبان

مالک اِملی اسی بے گمان

نی قدرتن کو رحمت رقم

قدم تِلو ، تِلو قدم

پرنتھ کو شرُاہ چھُ رستماہ

پرتھہ رُستمہ صاحبدلاہ
صاحبدلاہ یوٚد بے سِلاہ

چھہ نزٕ تیزٕ تیغ دُودَم
قدم تُلو، تُلِو قدَم

وُنِو کشیرہ زِندہ باد
تقاضہ یی یوٚ ہے چھہ ناد
بہ سوے منزلِ مُراد
یکاں گرِ ھو ہیٚہو مہ دَم
قدم تُلو، تُلِو قدم

---۵---

# شہر آشوب

وَلہ بارِہ دا ماہ چاو — بَس روزِہ تُسند ناو
ہئی پاءدِہ کوڑ دُنی یاہ — ہئی پاءدہ کوڑ عقباہ
بَس کاشِہ نِہ شریکاہ — کُن چھُے سہ ہُو اللہ
سُے میثون خدا چھُے — سُے چون خدا چھُے
بَس چھَے میثہ تمی شنر سَنھ — رکھبر میثہ تمی شنر کنھ
چشمن میثہ چھُم سُے گاش — گاشُں نِہ چھُم سُے راش
یَر یارِہ پیالن خَے — انہ پئیمہ بہ پیا پَے
مے چاو جھاازی — دے رُوزی نِے راضی
غَریبا ثِہ بیاہ تراو — بَس روزِہ تُسند ناو

وَلہ یارِہ دا ماہ چیاہ
بَس روزِہ تُسند ناو

دُنیا یاہ چھُ ستمگار — بے دردِ نے بے عارِ

بس بَس چھہ ووہ تھان نئر     بیٹھِہ سنز شہ کھوان لئر

دادس گوٚمت بیداد     بے مانہ ووہ نی فری یاد

انصاف گھٹِتھ پان     مظلوم پریشان

ظالم ظلم آباد     مظلوم گئے بوٚر باد

حاکم بنے منز اَنی     ژھانڈان آبس ٹھُنی

بانے بنے ی رہبر     وطنس کۍ ءنسان کافر

رہبر تِہ بیٹھِہ رہزن     چھیکھ دوان کُنی ملہ ون

دوہ شوٚنی اکُے مقصد     دوہ شوٚنی چھہ نیّت بد

دوہ نوَے سیٹھاہ چالاک     چالاک تَے ناپاک

لوٗٹان چھہ لاگتھ ساد     شیطان ین ووہ ستاد

راوُن تہ اَتہِ راوِتھ     ہتھیار اتہِ ترٲوِتھ

ٹھگنے چھہ لجُز تَگ     راٗچھن چھہ دیان ٹھگ

آمُت چھہ ٹھُگن یاو     بس روزِنہ لتُنند ناو

وَلہٖ یارہ داماہ چاو

بس رُوزہ تُسند ناو

| | |
|---|---|
| وقتاہ چھُ آمُت بَد | بدی ین چھہ لوگمُت مَد |
| دوراہ چھہ پُر آشوب | پزرس چھہ پیوان چوب |
| اپزِس چھُ اپزیُک ڈکھ | پزرس چھہ دِوان ٹکھ |
| اَپزِس اَپزُ و ہ وہار | پزرس چھہ کران لار |
| اَپزِس چھُ اپزُ پیر | پزرس چھہ کران گیر |
| اَپزِس چھُ اپزُ راغئی | پزرس چھہ ناران باژی |
| اَپزِس چھُ اپزُ یار | پزرس کران مِسمار |
| اپزِس اپزُ ننہہ گیر | پزرس چھُ لایان تیر |
| پوژُ باغ چھُس منز باگ | ژامُت اپزُ ہیتھ ناگ |
| اَپزِ یک اپزی چھو مَس | ناگان چھہ اَتھی باغس |
| وُوْل باغ بلایو | کم ناگ کھیٖہ سرفو |
| پرژھہٖ ہا یہ پوشن حال | کُنڈ ہی وُلتھ نمن نال |

پرِتھ کوٗنڈ چھُ نِشنزن     سَخ دُشمناہ پوشن

وُچھِ وُچھِ کنڈٕن ہِنٛد جوش     ڈٕہی سوسنِتھ پیٚٹھ پوش

پھِکھ جامہٕ کٔرِتھ چاک     غمناکھ مِتھِت خاک

بُلبُل بیٚمتیٚ بےحال     موٚزِی منٛتیٚ چھہ زن کھِی وال

کوٚستوٗرِی گاٮ۪ متیٚ کٔلی     اُڈِی کٔلی، تہٕ ہوشو ڈُلی

کھوٚمنٛت چھُہ گربدٕن بوش     موہ ردار کھیٚتھ مدہوش

گانٛٹن ہُرُتو مُنت خوٗن     اَز کِنہِ شہ زٔہر بِیہ پرٛون

گانٛٹن ہٕ گربدن کیتھ     شہباز بیٚمتیٚ پیٚٹھ

کوٚر گانٛٹہٕ وے اجلاس     کھوپوشہ نٔوٚ لوٗ نِراس

تقریر گربدَو کٔرِی     اَفسانہٕ گانٛٹو پٔرِی

کاوس مَہ وَ اِنُو کاو     شہباز تھاوِیٚس ناو

بوٗزُم یِہنٛد بکواس     جِگرَس میہ پِیوٚ الماس

ڈٕہی ظالماہ اکھ پرٛون     خصلژ تلے زن ہون

دوٗن نم کٔرِتھ تکرار     خاموش ، خبردار

ابلیس دوٚنٛھ یس    حاٰکم چھُس کرٕ جس

یُد بٮ۪یہ وَنکھ ابلیس    دوہ تھرتھ نہ کرے بٮ۪س

حاکمِ پننٕ مانٕن    سُے زٕنٛھ پننٕ زانٕن

دوٚپ مس تہٕ بنیا زٕ ہنہ    چھُے خام خیالاہ

حاٰکم سوشو بی ژٕنٛشِ    زٕنہ ماسہ مونُے مے

مانن بہ کیاہ ملعون    ییٚمہِ دورٕ کےُ فرعون

نرمیو نہٕ داعِجن کتھ    دوٚپ تم بہ وَنٛدے رتھ

وَلہ بوز وَنے راز    اَکھہ بٮ۪ھنہ تراو کھا ز

یوٚنگلہ نہٕ بنا وِتھ    عاشاہ نہ وُڈا وِتھ

کرمال وآتی کار    موہ ہرن کرے انبار

وَن تی بہٕ ونان اَسی    کرتی بہٕ کران اَسی

دوٚپ مس بہ وَنے تی    اِسلام ونیم یی

چھم غوٗر بتھی منظور    اتھی منزر بہ چھُس مسرور

منگہ کیاہ یمن کارن    دِیارن نہٕ گوہ گہ مارن

اِیمان پھُم درکار　　اسلام ہیُونے یار

ایمان دِلک نور　　سُے نور چھُم منظوُر

بُد وقتہٕ کُے دمساز　　کاوس دپان شہیار

دفنس چھہ چلے جاوٗ　　بس روزہ لُٹنُد ناو

وَلِہ یارہٕ داماہ چاو

بس روزِہ لُٹنُد ناو

دُنیاہ چھُہ ستمگار　　بس اَسہ وُنِہن ہُنٛد یار

بیٚلہ کاٰنسہٕ مُصیبتھ　　ڈیشان تہٕ ہیُوان پتھ

اشراف کرٕان خار　　اجلافہٕ بنے دلدار

مظلوٗمنے ہنٛدی وونش　　وِچھِی وِچھِی چھُہٕ کرٛتھان خوش

ظُلمس دپان اِنصاف　　اِنصاف زانان پاف

عِلمی مَس کران نادار　　پُشران جہلس دیار

گالان اَصیلن　　پالان رذ یلن

خودارہ ییہ ہینتھ شرٛاکھ　　جگرس چھُہٕ والان چاکھ

گالاں ژو اُبک ناو     گوٚ نہٕ ہسَ کراں پاآراو
بیٚشِمہٕ دورہٕ کیٚ زندار     اکثر چھہٕ رِیا کار
دوٚن ناوہٕ نیٚ پیٚٹھ لتھ     نٲوتھ چھہٕ کران کتھ
دولت ہِنٚز معبوٗد     پوٚنٚسے تِہنٚز مقصوٗد
دیارن گیٚمٕتی قُربان     ہارن کیٚنان اِیمان
قوٗلس کران باپار     کیٚنہٕ کیٚنہٕ کھوان کرِدار
ڈیشان یہنٚدی رنگ     ابلیس گژھان تنگ
وُچھہِ وُچھِی یہنٚدی اطوار     رٚٹی مٚتی شرافژ غار
وطنس کران بدنام     قومس چھہٕ نٲواں پام
وُچھنکھ ووٚن عنبدپوش     ایمان فراموش
ژھانڈان ژوٚپاری دیار     ایمان کرِتھ خوار
ہمیسَ چھُ عجب رنگ     انسانیتھ دِل تنگ
ژنگرٕ چھہٕ گامتی عام     کس کس دِموٚ اِلزام
رنگن چھُ لیاقتھ     رنگن چھُ سیاستھ

اِتہٕ رنگ تہٕ گومت کوٚل — یِتھی روٚنگ نہٕ موٚلے گوٚل

پٮ۪لوَن چُھ عجب رنگ — کُنٛزِ کُنٛزِ چھِ کھوان زنگ

بٮ۪رُن گژھِ ہیک مطلب — کھرہٕ نٮ۪ چھِ دپان بٮ۪ب

کم پٮ۪لوہٕ گامتی یاف — ٹاٹھ دپان زر باف

اَپزِ س چھِ بران گوڈ — پوزٕ ونہٕ یِیکھ ہوڈ

مکرِ س کران تُل تراو — بس روزِہ لٚسُند ناو

وَلِہ یارہٕ دا ماہ چاو

بس روزِہ لٚسُند ناو

کم کم بنےٚ ی افسر — کمَ پٮ۪لوہ کھٹی برسر

رِشوَچ چھَ لگتھ ہیر — کھسن ہیرِہ شیوٚ دُے یِنر

ییتھ دفترس واتکھ — کڈٕ کینہٕ تہٕ برونہہ کرٕ یکھ

نتہٕ روب کری ہوب — چپراسی دِیئٕ چوب

افسر گژھی بیزار — وزہٕ وِتھر دِیئٕ یا زار

ہتہٕ بٔدی سٕ کڈِی عاب — سگٲ کُدہٕ تہٕ کری غائب

پتہ کس گرشھک فری بأدی — باوکھ کمس ہِم دأدی
پرنتھ جایہ کنِی کتھ — کتھ ٹھوی نہِ امانتھ
رِشوس چھہ لگتھ گبج — تتھ ناوپر سنٹیج
ارڈلی تہِ منسٹر — رِحصہ دار برابر
بوگاہ چھہ بڈس بوڈ — بوزِتھ چھہ اکِس اوڈ
بس محکما رٹہ ہَن — ووہ لمن سہ چھے رشون
ٹھیکن چھہ کران ٹھاکھ — لس ہیس نہ دِل ناپاکھ
بس زانہِ کرنی بأزی — بس ہیرہِ بون چھی راضی
سے ٹھیکہ دار چھے طاک — بس لاگہ ئیژ چالاک
یس آسِہ سیمٹھ ژور — یکہ ناوہ چھرا سور
سورس ونتھ سیمٹھ — کترٹو بنان ٹبل پتھ
منٹری کران تھی پاس — جیفس یوال تِی راس
کم گریڈی چھہ ونان اُچھی — وچھی وچھی چھہ شنکلان پچھی
ہنہ ٹوبہ نے پپو سولہ — پرنتھ بایہ متیاکھ ژور

یوٚد چھکھ ژٕ کُنہِ نوکر — خوش تھاوِی زِ بن افسر
خوش روزِ رَشوادِس — ماہوار ڈالیا نِس
اَدٕ گاڑٕ مارٕکھ خوب — گرٕ کُنٕ ژٕ سارِکھ خوب
نوکری ژٕ یوٚد ژھانڈکھ — ہیٚنہٕ پوٚنشہِ اَن ولٕ پکھ
گرٕ ہیٚتھ کانہہ افسر — اَنِہ گنٹہِ دِئی آڈر !
فَٹ ٹیچری نٕ نیکھ — اَدٕ کیاژِ وَتھ میٚنکھ
اٲنی کانٛہہ تہٕ لگی ٹیچر — لنگی لیڈری تہٕ کھتی بر بر
سوداہِ ہیٚنھو ناتھ — سیدان چھُہ رانو راتھ
رشوٕ کی ہیمے شہکار — رشوٕکی بِمے اسرار
کُنہہ بوزٕ نٕ شکایت — کس وُنی زٕ حکایت
قاتل یُسے سُے قاضی — پرینٛھ رنگہ کھٔشس راضی
اٲنی رٲج کران لوٚٹھ — لوٚٹہِ چھیہ لاگتھ سوٚٹھ
ڈنٛڈن چھہ کڈان واش — پرخاشہِ چھی کس آش
ذٕلہ یا نہٕ بی اکہ یاد — بس روزِ تُنٛد ناد

ولہ یارہ داماہ چاو

بس روزہ تُسند ناو

ہانزن چھ آمُت بوش    آگر گمتی خاموش

ہوش و خرد از خار    دانا گمتی لاچار

پرُ کار گییہ از کار    بدکار و قتکی یار

سُنی ژوٗر ماران زہوہ    آمُت چھ مَن دوہ

رنہ ٹھی نہ ہیٹھی بنیاے اُنی    ٹھری وٗنی مَن پَرِ وِنی

حاکم چھ دغل دوس    سبز رس چھ انان کوس

پیشمتین چھ کران روب    مودن چھ دِوان چوب

بنہ یارہ گے آزاد    تنہ گے مُلے بوٗر باد

تنہ کیاہ میٹہ کنن گوم    تنہ کیاہ میٹہ ڈیشن ہوم

بوٗد بوزتھے کر دِل    بوزُن گرِ عی دُشمن

جِھ نسرہ تی کینہہ پچھارو    کینہہ عازی کینہہ پوکاری

کینہہ گاڈہ گری کینہہ دلال    کینہہ وُلٹہ بکر وال

کینہہ ڈُومب گداگر — کینہہ ژوٗر کینہہ شَقدر

کاندرٕ تہٕ داندر کینہہ — انسان واندر کینہہ

گُرِی ژوٗر کینہہ سُنٕز ژوٗرِی — بے شرم زَن لوٗنگوٗر

کینہہ غُنڈٕہ کینہہ گلوان — ازٕ ماوِی مٔتی کینہہ گان

خوٗ فتن خیتراں پٔرِی — گڈٕ مٔتی سمائچی کھرِی

اُڈِی جیبہٕ سِتھ اُڈِی کار — پھیراں ژا پان نار

ڈیارن چھہ کراں کھوٗر — عاشاہ چھہ کراں پوٗر

چھانٹان سِیاستھ — ہکوان ریاستھ

سُنٕز ژورہ نے ہنٛدی زِٹھی — بد قسمتن ہنٛدی پٕٹھی

یم سانٕی قوٗن دان — یم سانٕی نگہبان

یم عصمژکی ڈاکو — چینگیز ہلاکو

گنہگار نٕے اوباش — بدعہد تے بدماش

بے رحم تے فاسق — قاتل تہٕ منافق

ظالم نہ رشوت خار | موہ دار مکرکی یار
مکرس نہ لاجکی بولی | دیارن چھ گندان ہولی
یم ساری ستمگر | از سون مُقدّر
تقدیر پھیرت گو | نہ وانہ تاون پیو
کس بانہ کرو گراو | بس روزہ ترُندناو

ولہ یارہ داماہ چاو
بس روزہ ترُندناو

ـــــــــــ ٥ ـــــــــــ

# تنہا انصاری صابٕس پیٹھ مرثی

شری اَمبر ناتھ درفانی

ہاے ازٕ سانِہ اُچھونُس دور اکھ باہوش گوٚ
گوش تھاوان یُس کنٛن اوس سُے سراپا گوش گوٚ

یُس وَنان اوس چھم جِگر "گلپوش" زلوِ "خاموش" گوٚ
یُس وَنان اوس سائیٖ قیس سر چھُم "وبالِ دوش" گوٚ

یُس نِوان اوس لولہٕ مَس چاآدتھ بن جِس ہوش گوٚ
یُس چِھوان اوس خونِ دل پنٕنۍ سُ اک مَے نوش گوٚ

یُس نِیا وان پیالہٕ تہٕ پیمانہٕ اوس ہیہ پوشہٕ تہٕ
روشہٕ روشے پوشہٕ موٚت کلہٕ وال سُے روپوش گوٚ

بول بوشا اوس بیٖمی سٕنٛد پوشہٕ نوٚلن بول بوش
پوشہٕ نوٚلاہ لولہٕ وٚن سُے تا ابد خاموش گوٚ

یُس رچھاں بنہٕ لس وچھس ننز اوس دُر دانے مولِل

ہلٕس سُے لوٗلک صدف خالی کرتھ آغوش گو

یُس گوٚہ لا باہ اوس گومُت آرہٕ دل ہمپوش ہیٚو

ہلٕے کتھ ہیٚترٕہ منز شر ہینتھ سُے آرہٕ دل ہمپوش گو

آلہٕ وال زُ اوس یُس کھوٚہ نہٕ منز رٹتھ موٗشم شرن

ہائے تمہٕ نے کوٚت ناتس مالی ندٕ آغوش گو

یُس شبن تنہاہت اوس سوزِ دل لوزاں پٔن

ہائے تمس سے فا ئیتوا سُے سوزِ دل خاموش گو

ہائے کتہٕ آزاد کتہٕ مہجور، عارف، زندہ کول

گاش آوتھ نارکس ہینتھ نار کاہ اَ دلپوش گو

اورہٕ آوازاہ یوان چھُم کیازہٕ زندٕ چھکھ وَدان

"چھکھ کمس ماتم کران وتم یہ کس رولپوش گو"

"زندٕ موٗلس آینن ما، موت زندس آینن

زندٕ لتس رابہٕ یورسے ہینتھ کفن بر دوش گو"

